ہندوستانی ادب کے معمار

---

# نعیمہ صاب

## ڈاکٹر محفوظہ جان



ساہتیہ اکادمی

***Naima Saab*** : Monograph on Kashmiri Poet by Mehfooza Jan.
Sahitya Akademi (2004) Rs. 25.



پہلا ایڈیشن : 2004

## ساہتیہ اکادمی

**ہیڈ آفس :**

رویندر بھون، 35 فیروز شاہ روڈ، نئی دہلی 110 001

سیلس آفس : 'سواتی'، مندر مارگ، نئی دہلی 110 001

**علاقائی دفاتر :**

جیون تارا بھون، 23 اے/44 ایکس، ڈائمنڈ ہاربر روڈ، کولکاتا 700 053

172، ممبئی مراٹھی سنگھرالے مارگ، دادر، ممبئی 400 014

سینٹرل کالج کیمپس، ڈاکٹر بی۔ آر۔ امبیڈکر ویدھی، بنگلور 560 001

مین بلڈنگ، گونا بلڈنگس (دوسری منزل)، (304) 443، انا سلائی، تینم پیٹ، چینئی 600018

قیمت : 25 روپے

ISBN 81-260-1940-9

Website : http://www.sahitya-akademi.org

طابع : آر. کے. آفسیٹ پروسیس، دہلی

# ترتیب

# گوڑکتھ

شاعری چھےٚ شاعرسٕنز وجدٲنی کیفیت یوٚسہٕ انسانس خیالن تہٕ خابن ہندِس عالمس منز تراوان چھےٚ۔ شاعر چھُ پننُ ابنُ، گدُرُن، دوکھ، سوکھ، ارمان تہٕ ہاوس شاعرۍ منز بیان کران تہٕ پننۍ اَولِ زاوِلہٕ جذبات تہٕ مارۍ مندۍ برزٕ سجاوِتھ شاعری منز پیش کران تہٕ انسانہٕ سُند جمالی حِس بیدار کرِتھ رتس ناوان۔ شاعری چھےٚ اکھ عملی تجربہٕ تہٕ کُنہِ کُنہِ چھےٚ یہٕ اکھ ترٛتھ تصویر دِتھ تلاوان یتھ تہٕ حقیقتس ستۍ کینٛہہ تہٕ واسطہٕ چھُ آسان۔ یِتہٕ شاعری عرب سرزمینہٕ منز زایُن لوٚب تہٕ دٔہر وُن دُنیاے اطرافن تام ہیٚنُ داتھ۔

شاعری چھےٚ کشیر ہندِس سرزمینس آدن کالہٕ پیٚٹھے باگہٕ آمٕژ۔ یتھ منز رنگارنگ تجربہٕ سپدان آسی۔ اتھ شاعری منز اوس زمینی عشق تہٕ روٗحانی تربیژ ہندۍ موضوع تہٕ ورٛتھناونہٕ یوان۔ شاعری ہنز یہٕ وراثت روٗزا کہٕ پیٚر پیٚٹھ بٮ۪یس پیٚر تام منتقل گژھان۔ کُنہِ روٗدا کِس خاص سلسلس تحت شاعری ہُند نظام کٲم کران تہٕ کُنہِ گوو اتھ منز ردوبدل تہٕ۔ تاہم روٗد شاعری ہُند یہٕ ماحول کاشُر زندگی منز ہمیشہ اہم رول ادا کران۔ کاشرۍ بشنز شاعر چھ کاشرِ ہنز زندگی منز نہ صرف اکھ اہم مقام پرٲوس منز کامیاب سپدی مٔتی بلکہ چھِ یِم کاشرِ ثقافتکی

نُمائندٕہ تہٕ ماننہٕ یوان۔ یِتھی نے شاعرن منز چھُ نعمہ صاب تہٕ اکھ اہم شاعر۔ نعمہ صابس مُتعلق یوٗدوَے عام کاشرن زانکاری چھنہٕ مگر ادبی حلقن منز چھِنہٕ اُہنز تخلیقی شخصیت تمہٕ اَنمانہٕ متعارف یِمہٕ اَنمانہٕ شمس فقیر، رحمان ڈار، سوچھ کرال، وہاب کھار، احمد بٹوآری، صمد میر تہٕ احد زرگر بیتر متعارف چھنے۔ اَمہٕ سببہٕ چھنے یہ کتھ ضروٗری زِ اَمس میٹھس تہٕ مٹ ہلس شاعرس تہٕ اُہندین ادبی کارنامن پیٹھ یِہے کینہہ نظر تھاوِتھ تھاوُ ساہتیہ اکادمی دلی اَتھ کامہٕ اندبوٗرد چھ منے دِل دِنہٕ۔ یِہے گئ ذِمہ داری۔ بہٕ چھُس ساہتیہ اکادمی ہندِ سکریٹری سنز شُکر گذار یمَو منے یہ کام بامل اَننگ موقعہ دیُت۔ خاص پاٹھی چھس بہٕ ساہتیہ اکادمی ہندِ کشمیری ایڈوایزری کمیٹی ہندِس کنوینر پروفیسر مُحمد زمان آزُردہ صاُبنی از حد مشکوٗر یمَو بہٕ یتھ کامہٕ قابل زانُن۔ بہٕ چھس تمن سارنے حضراتن ہنز شُکر گذار یمَو منے یتھ کامہٕ منز اکہٕ نتہٕ بیٚیہٕ رنگہٕ مدد کوٚر نتہٕ تمن سارنے ادیبن تہٕ نقادن ہُند شُکریہ کرُن تہٕ چھس فرض زانان یِہند مواد پیٹھ منے استفادٕہ کوٚر۔ منے چھنے ووُمید یِمہٕ مانوگرافہٕ ستی آسہٕ نعمہ صاُبنز ادبی شخصیتک ٹھیک پاٹھی متعارف سپزمژ۔ اَمہٕ علاوٕ چھس بہٕ معراج زرگوی صاُبنی از حد مشکوٗر یمَو بنہٕ سارِیے مصروفیژ اَڈ کٹرِف ترٲوِتھ گوڈٕ ہٕ نوآرِ یتھ مونوگراف لیکھنس دِژ۔

محفوظ جان

کشمیر یونیورسٹی

۲۷، اپریل ۲۰۰۴ء

# حالاتِ زندگی

نعمہ صاب زاو شہر سرینگر سنہ ۱۷۷۵ء منز آغہ حمام حبہ کدلہ۔ یہ نامور شاعر تہٕ چھُ تمی وِزِ اَچھ مُترٕان ییلہ کاشرِ حدٕ رٕوس غریبی تہٕ افلاسی منز ہینہٕ آسہٕ آمتۍ۔ نعمہ صاب آو لوچرِ سے منز زینہ دار محل کھنڈواوکامہ سوزنہٕ۔ یہ اوس تُس زاٹہٕ ہال ییتہٕ صاحبِ دل کارکسب کران آسی۔ اَتھ زاٹہٕ ہاِس اوس یہ تہٕ شرف حاصل زِ اَتہٕ آسہٕ دینی تہٕ علمی مسلہٕ دٕرٕ تھناوِنہٕ یوان۔ یمہ کِنۍ انسانی قدرن راَچھ کرِنۍ تہٕ اَزلی حقیقت زانٕنۍ کُل گنان آسہٕ۔ نعمہ صاب اوس اَمی ماحولک فرد۔ اَہنٕدِس شجرہٕ نسبس متعلق ہیوکنہٕ دٕنیکنام کہنی دٕستیاب سپدِتھ۔ البتہٕ چھُ ونہٕ یوان اَمِس آسہٕ زٕ اَولاد۔ یہ کتھ حدس تام چھُ صحیح تہٕ زانہٕ مولی۔ نعمہ صابس متعلق چھ ناجی منوّر تہٕ شفیع شوق یتھٕ کٕنۍ لیکھان۔

"یمن اوس محمد نعیم اصل ناو تہٕ شاعری منز چھِ یم نعمہ صاب ناوِ کِنۍ مشہور۔ امین کاملنۍ راے چھِنے زِ یم آسہن سنہ ۱۸۵ء بتھ برونہہ زامتۍ۔ یم آسہٕ زینہ دار محلس منز کھنڈواوکام کران۔ دیان شمس فقیر اوس یمن مالی وِتہٕ آشناوِتہٕ۔ یہندِس

کھنڈ واد کارخانس منز چھنے شمس نیقرن تہٕ کام کرمژ
ییلہِ نعمہ صاب جان وأنسہ آسہن۔ کامل صابن وُنہٕ
چھُ نعمہ صابنس ییچوٚی سُند ییچھُو وُنہِ آعنہ حمام دُکانداری
کران۔ نعمہ صاب چھِ ۱۸۸۰ ہس منز گُزرےمتۍ۔
تہنُد مزار چھُ گُز پرستان سرینگر موجوٗد[۱]

مختلف بُزرگن ستۍ کرِ متۍ مختلف محفلہِ ین منز غلام نبی جان ساکن چنکرال محلہ حبہ کدل ییس ستر وأنس تینیتھ وری ییٹھی چھنے اوہ ہند دٔنُ چھُ، متۍ چھُ ییٚنس بابہ صاب محمد رمضان راتھرس نِشہٕ بوزمُت زِ ییلہِ نعمہ صاب ییمہ عالمہ دراو اہندس پیرس سو چھ ملیأرس چھ تیچھ واتان۔ سُہ چھُ اور وأتتھ پانہٕ نعمہ صابس سرٛان دِوان تہٕ سرٛانہ پچہ پیٹھ چھُس وَنان۔ متۍ چھنہٕ ژےٚ لرِ پھیر دِنُس سوٚمب ہیکتھ۔ لہٰذا پھیر ژپانے اور ہیور۔ دِیان ییٚتھے اُمس پیر غسل دِوان اوس تتھے اوس نعمہ صاب پانے اور ہیور پھیران تہٕ باضے مہتھ تہٕ روزان۔ نعمہ صاب آو آبأئی مقبر شہلہ ٹینگہ سیّد محمدؐ کرمانی رحمۃ اللہ علیہ صابنس زیارتس نِیتہِ کنہِ دفن کرنہٕ۔ نعمہ صابس لوگ ریاستی کلچرل اکادمی ہیور۔ نشاند کنہِ چھنے یہِ عبارت ییکھتھ تسُند شاعرانہ مرتبہ ذکرتہٕ ییمہ آیہ کرنہٕ آمٕژ۔

---

[۱] ناجی منور، شفیع شوق، کأشرِ ادبُک توأریخ، ۱۹۷۸ء، کأشُر ڈیپارٹمینٹ کشمیر یونیورسٹی سرینگر صفہ ۹۸۔

## جناب نعمہ صاب ۱۲۱۴ھ

ناو کیا کرٕ یتھ آ بسے
لوگ نعمہ منز گرد آ بسے
بیدار گرٕتھ حافظ زرے.....

یتھ پاٹھی چھُ کاشر زبانی ہند یہ مایہ ناز صوفی شاعر ۱۸۶۵ء ییٚس منز نمتھ وٕری داتس پرٛاوتھ واصل حق سپدان۔ نعمہ صابنس مقبرس ہیٚتی چھُ نذیر احمد ملا بسان۔ اوہند وٕنُن چھُ نعمہ صابُن دوہ چھُ اتہ پرتھ وٕری یہ مناونہٕ یوان۔ امہ دوہ چھُ اتہ گیوٚن محفلن ہُند تہ سنز آسان تہٕ مختلف گیوٚن والی چھِ نعمہ صابُن کلام گیوٚتھ لوکن ہندی دِل معطر کران۔

نعمہ صاب چھُ کاشر زبانی ہند بوتموٚ شاعر ومنز یہنز زندگی ہندی بیشتر حالات راوِس تل چھِ۔ امیک اندازٕ ہیکہ یمہ کتھہِ تہٕ سپدتھ زِ عبدالاحد آزاد تام چھُنہٕ ییٚنس تواریخس منز امہنز ذکر کران۔ مگر نعمہ صاب تھوو عام لُکو یاد تہٕ ییتی وٕری گذرتھ تسنز زندگی ہندی ہم کینہہ پن یموٚ منز مےٚ اتھ آیہ تم سارٕی کرٕمےٚ قلمبند۔ ممکن چھُ زِ بروٚنہہ کُن نیرن تسنز زندگی ہندی بٔیہ تہٕ کینہہ گوشہٕ تہٕ۔

**خولہٕ خطہٕ تہٕ عادات:-** وُنیکام یم تہٕ اعداد و شمار مےٚ دستیاب
سپدی، تمو تِہٕ چھُیی نِنان زِ نعمہٕ صاب چھُ کم گو او سمُت۔ یم اُسی صفائی پسند
تہٕ خوش لباس۔ یمن اوس زیوٚٹھ ریش۔ کلس چھِ گوڈ سوزنی ٹوٗپی تہٕ پیٚتہٕ دستار
گنڈان اُسی مِتی۔ قد اوسکھ جان تھوٚد۔ جسمہٕ کِنیٚ اُسی کم ورے۔ سہل سہل مچھکھنہ
شرارت اوسمُت کھسان۔ موکھ اوسکھ اَسہٕ وُن۔ یم اُسی خوش گُفتار۔ نوکچار
پیٹھے اُسکھ کانی نرم زِ پھِٹین بروہہٕ کِنہٕ اُسی نوم تھ روزان۔ کھنڈ واو کامہٕ منز
اُسی خاص مہارت تھاوان۔ کارخانکی ژاہٹہ بوج کیو و وسہٕ اوسکھ سیٹھے قدر
کران۔ تکیاز اُتھی ژاہٹہ ہلسے منز اُس اُمی شہرت حاصل کرِمژ۔ سماع بوزنُک
اوسکھ سخ شوق۔ گیون محفلن منز اُسی ضرور گژھان۔ کُنژ لٹہٕ چھُ وہاب کھار
صابن نعمہ صاب پیٚنہٕ ہٹہٕ گیون بوزنو وُمُت۔ شاہ قلندر تہٕ شمس فقیرن
تہٕ چھُس گیون محفلن منز دعوت شرکت دِژمژ۔ محفلِ آرائی تہٕ اوس کران
پیٚتہٕ مختلف نو فطن پیٹھ بحث اوس سپدان تہٕ کتھن اُس گیٚنی تیران۔

# نعمہ صابٕن زمانہ

نعمہ صاب چھُ تَتھ وقتس منز زایِن لبان یَلہٕ کٔشیر وٕد پٔر حُکمرانَن[1]
ہندِس قبضس منز اَس۔ یہ دور اوس کأشرٕن ہندِ باپتھ سیاسی، سماجی تہٕ اقتصادی
طور تباہ کُن۔ یتھ کأشر اوس رنگہٕ رنگہٕ مشکلاتن تہٕ مُصیبتَن منز ہیٚنہٕ آمُت۔ حد
رٕوس غریبی تہٕ افلاسی اوس نال وٕلمُت۔ ظُلم وجبر تہٕ لاقانونیت اَس عروج
پیٹھ۔ یٚمی تہٕ وٕد پٔر حُکمرانَن کٔشیرِ پیٹھ قبضہٕ کوٚر، یمو اَگی کوٚر پنٕنہِ پنٕنہِ رنگہٕ لوٗٹھ۔ سایہ
واد معصوم کأشرٕن ہُند سُد خوٗن ناحق۔ اَتھی چھلہٕ چھانگرِ تہٕ تباہ گأمتِس سیاسی،
اقتصادی تہٕ سماجی نظامس تہٕ ماحولس منز لوٚب نعمہ صابٕن ووتھ واتھ۔ جوأنی ہُند
قیمتی وق گُذورُن پٹھان حکمرانَن ہندِس ظالمانہٕ سایہِ تَل۔ پٹھانن پتہٕ یعنے
کنوُہِمہ صدی منز چھُ کٔشیر ہندِس توأریخس منز بیاکھ سیاہ دور شروع گژھان۔
سُہ گو سکھن ہُند دور[2]۔ اگرچہ وقتی طور کأشرٕن یہ گُمان گو زِ شاید میلہِ وونہٕ
تمن مشکلاتن تہٕ مصیبتَن نشہٕ نجات مگر یِہ رُچھ بیٚی زِ تِم آیہ اَمہِ کھوتہٕ زیادٕ منحوسی
تہٕ مایوسی منز ہیٚنہٕ۔ ظُلم وجبرس روٗد نہٕ کانہہ حد۔ تِکیازِ اَگہ کوٚر یِمو پٹھان حکمرانَن
ہندی قونوٗن بییہ تہٕ سخ۔ وِتہٕ پکوٚن تام اوس باج ہیٚنہٕ یوان۔ کأشرٕن ہتر

---

۱۔ پٹھانو کٔر کٔشیر ۱۷۵۲ء — ۱۸۱۹ء تام حکومت۔ نعمہ صابٕن ووٚتھ ۴۴ ہ ؤرِی پٹھان حکومت۔

۲۔ ۱۸۱۹ء پتہٕ گو کٔشیر منز سکھ راج قایم۔ کأشرٕن پیٹھ اَتھ رٕوس ظُلم کرنہٕ پتہٕ کرِکھ کٔشیر انگریزن حوالہ۔

طرزِ زندگی ہتہ مذہبی معاملاتن منز آیہ مداخلت کرنہٕ۔ اتھ کُڈری دورس منز آیہ بانگ پرنس پیٹھ تہٕ پابندی عاید کرنہٕ۔ مسجد آیہ تباہ کرنہٕ۔ بڈ مازمارُن آو ممنوع قرار دِنہٕ۔ یُس تہٕ کانہہ شخص خلاف ورزی کران نظرِ گژھہ ہاسہٕ اوس یا تہٕ قتل کرنہٕ یوان نتہٕ اوس تسُند جاداد ضبط سپدان۔ قادِ سنگینُک تہٕ اوس رِواج۔ اَمیک صورتحال چھُ مورکرافٹ یتھ کٕنۍ بیان کران :۔

"یتھ گامس منز اَسہٕ ٹھہراد کورُسہٕ اوس الہ پلہٕ واُران، ہتہ کُنہٕ ہے کانہہ پتھ کُن روٗد مُت اوس، سہٕ اوس اَنتھ روٗس ذِلتُک ٹاکار رِچھ۔ اگرنے کُنہٕ قسمُک اَتھر دٹ کرنہٕ آو تہٕ نظامس منز کانہہ تبدیلی آے نہٕ اَتہٕ باسان چھُ زِ مُلکُک یہ حصہٕ آسہٕ عنقریب بسکینو درآے .... باسان چھُ سِکھ چھِ کاشرِن مُشکلنے چاروان ہند کھوتہٕ بہتر زانان۔ یِیلہٕ کانہہ سِکھ کانسہٕ مقامی شخصس قتل چھُ کران، تس چھُ سزا ہہ پیٹھ وُہن روہپین ہند جُرمانہٕ یوان کرنہٕ۔ تتھ پیٹھ چھےٚ زور مارِ گمتس ہندِس عیالس میلان، اگر ہیوٚند اوس۔ مسلمان ہے اوس تہٕ زٕ روپیہٕ۔"[1]

اَمہٕ پتہٕ چھُ بیاکھ دور ۱۸۴۶ء منز شروع گژھان یِیلہٕ ڈوگرہ حکمرانو[2]

---

[1] ناجی مُنور، شفیع شوق ، کاشر ادبُک توارِیخ ، ۱۹۹۲ء شعبہٕ کشمیری ، کشمیر یونیورسٹی سرینگر صفحہ ۱۱۱ - ۱۱۲ ۔

[2] ۱۷ مارچ ۱۸۴۶ء یَس منز ہیُر ڈوگرہ حکمران مہاراجہ گلاب سنگھن کشیر انگریزن نِشہٕ کُل پانژ ستھ (۷۵۰۰۰۰) لچھن روپین ملہٕ۔ ڈوگرہ مہاراجو کوٚر ہتس ؤری یَس کشیر پیٹھ راج یمن منز گولاب سنگھ ۱۸۴۶ء، ۱۸۵۶ء، رنبیر سنگھ ۱۸۵۶ء، ۱۸۸۵ء، پرتاپ سنگھ ۱۸۸۵ء، ۱۹۲۵ء، تہٕ آخری مہاراجہ ہری سنگھ ۱۹۲۵ء، ۱۹۴۷ء تام حکومت کران چھُ۔

کشیر برطانوی حاکمن نِشتہٕ ٹی ہیٚتر۔ یہ تہٕ اوس کاشرِن ہند باپتھ نہایت مایوس تہٕ تباہ کُن دور۔ سوٗد خاری، وڑدٲری، چکدٲری، جاگیرداری، سزوول تہٕ بیگار ہندی توتوٗن اَسی سختی سان لاگو سپدی متی۔ توکری کرُنگ یا لیکھہٕ پُر کرنُک اوس سیٹھاہ کم رواج۔ دۄہ مۄزورس اوس مشکلنے کامہِ دۄہ میلان۔ ظلم اوس اتھ حدس تام زِ مۄزورس اَس مۄزوری مشقتھ کرِتھ سرکارس ٹیکس دیُن پیوان۔ یُتھ چیز مالیہ بری برَے اسی کاشری پسر آمتی۔ یمہ کِنہِ عام لُکن ہُند زِندہ روزُن مشکل تہٕ محال اوس۔ یہے چھُ وجہ زِ کاشرٕ اَسی یڈ پالنہٕ باپتھ پنجاب، امرتسر، کلکتہ، دلہ لاہور تہٕ بیٚین مختلف شہرن مۄزوری کرنہٕ گژھان۔ نعمہ صابن وُچھ مہاراجہ گُلاب سنگھُن تہٕ آخری ایامن منز۔ زنبیر سنگھُن تہٕ دور۔ مگر یُتھ کانہہ دور پر حکمرانن ہُند دوراوس کاشرٕ ہند باپتھ اکھ نتہٕ بیٚیہ پاسہ پُر آشوب

ادب چھُ زندگی تہٕ انسانی سماجک ترجمان تہٕ پننہٕ زمانک تہٕ پننہٕ ماحولک آئنہٕ ماننہٕ یِوان۔ ادبس منز چھُ ورگہ یا نٕز باٹھی جیسا کہی ہُند پرتو موجود آسان۔ مگر یوتام سانہِ صوفی شاعری ہُند تعلق چھُ اکثر صوفی شاعر چھہٕ پننہٕ وقتکہ صورتحالک ذکر کران۔ اتھ کیاہ وجہ چھُ۔ یا تہٕ چھا تم صرف صوفیانہ لیہ منز یہ یوت آوری روزی متی نتہٕ ماچھ وقتکس سرکارس خلاف زبو منز راوتس کھوژان آسی متی، تکیازِ تمہِ وقتہ کیو حکمرانو آسی کاشرین ہند باپتھ تِتھی ظالم قانونن بنادی متی زِ یُس تہٕ کانہہ سرکارس خلاف کتھ کرِہے تس اوس سنگین سزا دِنہٕ یِوان۔ ممکن چھُ امہِ مجبوری تہٕ خوفہ کِنہِ تہٕ ما آسہے سانین صوفی شاعرن ہنز زبان بند۔

# نعمہ صابنٕ ہمعصر

صوٗفی شاعری ہُند آغاز یوٗدوے ژوداہمہ صدی منٛز للہ دا اکھ تہٕ شیخہ نُنٛد کیو ستۍ سیدان چھُ مگر اردا ہمہ صدی ہندِس اختتامس تہٕ کُنوہمہ صدی ہندِس آغازس منٛز چھُ صوٗفی شاعری ہُند گرٕز کٲشر ژو واپاسے تروتازٕ کران۔ اکثر صوٗفی شاعر چھِ اَتھی صدی منٛز پننہ روٗحٲنی کمالہ ستۍ کٲشرٕ ہُند فضا معطر کران تہٕ کاشرس ادبس پُر نوٗر کرِتھ صوٗفی شاعری ہندِس دایرس وسیع تر بناوان۔ یِمن گونماتن نہٕ تھدِ پایہٕ کِنین صوٗفی شاعرن منٛز چھُ رحیم صاب، رحمان ڈار، سوچھ کرال نعمہ صاب، شاہ قلندر، شمس فقیر، وازہ محموٗد، وہاب کھار تہٕ احمد بٹہ واری بیتر زیادٕ بہن قابلِ ذکر۔ اَمیک تذکرٕ چھُ موتی لال ساقی تہٕ یِمہ اَنداہن کران:۔

"مومن صابس پتہٕ آے اَتھ ماداَنس منٛز تِم ڈیکہ ہٕڈی بوٗکھ یِم صوٗفی آسنس ستۍ بڈۍ شاعر تہٕ چھِ، یِمن منٛز سوچھ کرال، کرم بُلند، نعمہ صاب، رحمان ڈار، رحیم صابٕ وہاب کھار، شمس فقیر، احمد بٹہ واری، صمد میر، اسد پرے تہٕ احد زرگرس ہوی قداوار شامل چھِ۔ یِنٛہو ستہٕ ژٕنگی

ووند تمبر یوہ ستی کوریمو شاعرو کاشرس بجہ، گوبہ تہ سنہ
ونہ کتھ وستراونک تہ باوتک بتر عطا۔ یہ چھے یمنے
لوکن ہنز برکت زووپر اتھن تل تہ رود واوہالہ منز
کاشر شاعری ہند ژونگ دزان تہ اوند پوکھ گاشراون۔
یمن صاحب حال تہ صاحب قال لوکن ہند یہ
رول چھنہ کنہ پاٹھی تہ مشراون تہ نظر انداز کرن لایق۔
سماجکی ذمہ دار تہ اقتدار والی لوکھ ییمہ ساعتہ کاشرس
نچہ نظر دچھتھ ٹھونچہ اسی دوان سانو صوفی شاعرو
تھاود کاشرچ مثالی درزونی۔" [1]

تہ اوتار کرشن رہبر چھ ننیز رائے یتھ پاٹھی پیش کران:۔

صوفی فلسفچ بنیاد چھے دراصل شیخ العالمؒ نی
دسی پیوان)۔ یہ فلسفہ چھ کاشر شاعری منز دوہ کھوتہ
دوہ برژر تہ پوچھر لبان۔ ترہمس دورس (۱۷۷۵ء۔
۱۹۲۵ء) منز چھ یہ خاصکر سیٹھاہ زور شورس سان گرایہ
باران۔ شمس فقیر، سوچھ کرال، شاہ غفور، رحمان ڈار
نعمہ صاب، رحیم صاب، عبدالاحد نادم، عبدالاحد ناظم
اسد پرے، صمد پرے، احمد بٹہ واری بیتر شاعرن

---

[1] ترتیب کار، موتی لال ساقی، کاشر صوفی شاعری، جلد۔۱۔ ۱۹۹۸ء
جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر صفحہ ۲۸۔۲۹

ہندی ناو چھ اَتھ سلسلس منز زیو پیٹھ ہینہٕ لایق“ ۱؎

یوٚدوے ارداہم صدی سورٕ وٕنی تہٕ کُنوٕہمہ صدی ہندی آغاز کنہ یم ساری صوفی شاعر ہمعصر روٗدی متی چھ مگر یمن شاعرن نعمہ صابس ستہٕ ووٚدھ ہیٚبِٹھ اَس تمن منز چھ شاہ قلندر وہاب کھار، شمس فقیر تہٕ احمد بٹہ واری بیتر۔

**شاہ قلندر:-** شاہ قلندر چھُ تمہ وزِ زاۓن لبان ییلہ کاشُر قوم محکومی ہندس گٔڑٕس منز ہیتہٕ اوس آمُت۔ یہ دور اوس پٹھانن ہُند وکھت دور۔ اَتھی دورس منز چھُ سون باگہ یوٚرُت شاعر شاہ قلندر ڈانگر پور واتھور سنہ ۱۸۰۳ء منز ڈینہس یوان۔ شاہ قلندر چھُ پیر گرس منز زٕتم پراوان یمہ کنہ اُمی گری فارسی تعلیم پرٕتہٕ فارسی ییٚس پیٹھ اوٚسُس پوٚرٕ عبور۔ مگر رسمی تعلیم پرٕن واتھورکس مقامی سکولس منز۔ شاہ قلندرُن یا نہٕ گبوٚن، گبون محفلہ لاگنہٕ فقیری محفلن منز بہُن تہٕ گرس منز مجادلچہ مجلسہٕ لاگنہٕ اوس اَہندِ گرکین برتباہ گرٕٔ ھان۔ تم آسہ اَمس یمو عادا تو کنہ سخ ناراض مگر اَمس گو وٕنہٕ اَمیک کانہہ اثر تکیاز سہٕ اوس مانان زِ ساز چھُ تُسند غذا۔ تو وے چھُ وَنان۔

زِ جامِ عشق مے چوم چھُ کرا آسان بشنو
رباب وساز نے سوز بجسم وجان بشنو

زِ دف وچنگ و رباب وساز
زِ ہر تارے رگے آواز

---

۱؎ اوتار کرشن رہبر، کاشر ادبچ تواریخ، جلد اکھ، ۱۹۶۵ء، سرینگر، صفحہ ۱۰۴-۱۰۵

شب و روز دے مے ساز

سہ کیا در تا می آید

شاہ قلندر سٕندۍ دوے محمود گامی تہٕ سوچھ کرالَس سٕتۍ ووٚتھن بہن اوس مگر زندگی ہٕندین آخری ایامن منٛز۔ گوس نعمہٕ صابس سٕتۍ تہٕ تعارُف۔ نعمہٕ صاب تہٕ اوس اَمہٕ وقتہٕ بُزرگ۔ یہ تہٕ چھُ یوان وَننہٕ ز شاہ قلندر اوس نعمہٕ صابس تہٕ شمس فقیرس سٕتۍ محفل آرائی کران تہٕ مالک شاہ صابنِس مالَس پیٹھ اوس گیوون والین اَنان تہٕ نعمہٕ صابس تہٕ شمس فقیرس تہٕ اوس دعوتِ شرکت دِوان یِیتہٕ پیتہٕ یم کتھن دل دِوان آسی۔

**وہاب کھار:-** افغانی حکومتُک ہندا فتابہٕ ییلہٕ کشیر منٛز سوران اوس وہاب کھار چھُ دُنیہس یوان یعنے سنہ ۱۸۱۰ ییس منٛز تہٕ سنہ ۱۹۱۰ کیُت چھُ رحمتِ حق سیدان۔ وہاب کھارن وُچھ سِکھ حکومتُک پور جبر تہٕ ڈوگرہ راجُک ظُلم تہٕ۔ سود خاری، چکداری تہٕ وُڈداری ہٕندۍ قونون آسی سخی سان کاشرین پیٹھ لاگو گمتۍ۔ سہ اوس اَمہٕ اقتصادی تہٕ سیاسی بدحالی نِشہٕ واقف مگر سہ اوس درویشانہٕ ماحولس منٛز پلیومُت۔ سہ اوس فقیر خُداین تہٕ بُزرگن سٕتۍ ووٚتھان بہان۔ احمد صابہٕ مجامہٕ (علمگری بازار) تہٕ اوسُس پیر۔ اکثر و بیشتر اوس ینٛیِس مُرشدس نِش شہر وسان تہٕ اَمس نِشہٕ فاض حاصل کران۔ وہاب کھار اوس گیون بوزنُک تہٕ پانہٕ گیونُک زبردس شوقین۔ پانہٕ اوس سازن درن سٕتۍ بلضے نوٚٹ تہٕ رُباب بیتر وایان۔ نعمہٕ صابس نِش اوسُس یُن گژھُن۔ یِتہٕ مجادلہٕ جہٕ مجلسہٕ تہٕ محفلہٕ سیدان آسہٕ۔ یمن منٛز شمس فقیر

تہٕ وہاب کھار تہٕ شرکت کران اوس۔ وہاب کھار اوس نعمہ صابنہٕ مجلسہ منز
پلنے گیوان تہٕ سازٕ وایان۔ وہاب کھارس رودٕ نعمہ صابس ستی آخرس تام تعلقات۔

**احمد بٹہ واری:۔** احمد بٹہ واری زاو ۱۸۳۸ ہیس منز بٹہ وارہ تہٕ شینتھ وری وانس پراو تھ چھ ۱۹۱۸ ہیس منز احمد نگر واصل حق سیدان۔

احمد بٹہ وارس اوس وہاب کھار، شمس فقیر تہٕ واز محمود بس نش ین گژھن تہٕ ودہ تھن
بہن۔ یم ساری آسہ اکثر جمعہ نماز پرنہٕ حضرت بل درگاہ گژھان تہٕ پیتہٕ آسہ نسیم باغہ
مجادلہ چھ محفلہ سیدان۔ چونکہ وہاب کھارس تہٕ شمس فقیرس اوس نعمہ صابس نش
ین گژھن۔ یہ پاری آسہ احمد بٹہ وارس، وہاب کھارس ستی قریبی تعلقات لہٰذا آسہ
احمد بٹہ واری تہٕ نعمہ صابنہٕ مجلسہ منز آسان۔ یم آسہ محفلہ شارنہٕ محفلہ بحث لاگان
تہٕ پتہٕ کتھ کہو چھ کھاتھ نو قطن واش کڈان۔ احمد بٹہ وارس اوس بغدادک روزن
وول صاحبہ قلندر غفار صابہ تیر تھم مرشد لیس قادری سلسلک اوس مگر احمد صابہ
مجامس نش تہٕ اوس فاضل حاصل کرنہٕ گژھان۔ احمد بٹہ وارنی عقیدتمند چھ اوہ ہند
دوہ پرتھ وری یہ مناوان کمین خراجہ عقیدت سوزان تہٕ دعاہ مغفرت منگان۔

**شمس فقیر:۔** شمس فقیر زاو ۱۸۳۹ ہیس منز چنکرال محلہ حبہ کدل سرینگر تہٕ ۱۹۱۶ ہیس منز چھ رحمت حق سیدان۔ شمس فقیرس
اوس اصلی ناو محمد صدیق بٹ۔ لوکٹے سوزنہٕ مالی کھنڈ داد کارخانس منز کام کار ہیچھنہ
یہ کارخانہ اوس سہ کارخانہ ییتہٕ کشیر ہند نامور بزرگ صوفی شاعر نعمہ صاب تہٕ
ہیٔے کسب کران اوس۔ امہ کارخانک ماحول اوس سیٹھہے پرفضا۔ نتیجہ دراد
شمس فقیرس تہٕ رود نو چیرسے منز تہن لوکن ستی ودہ تھن بہن۔ یمہ ستی اوہ ہند

ذہن کافی متاثر سپدٕ تہٕ تس گیہٕ پوختگی حاصل شمس فقیر اوس کونس آسہٕ کنہٕ زاڑہٕ ہالہ
نعمہ صابس زبردست قدر کران یمہ کنہٕ اوہ ہند وطیرٕ وُچھتھ نعمہ صاب سٹھاہ متاثر سپد متہٕ
اوس۔ یہ تہٕ چھُ یوان وَننہٕ زِ نعمہ صاب تسے وننس پیٹھ چھُ اڈ ہندے طالب رسول شاہ
ہاکہ ژٕرٕ شمس فقیرس روحانی تربیت دِوان۔ رسول شاہ ہاکہ ژٕر صابس اوس نعمہ صاب
سٹھاہ رٕچھان۔ تہٕ وار وار ہیو وٕ یہ اعلیٰ پایک روحانی صوفی تہٕ بزرگ۔ وق گژھنس
ستی ستی پرا و شمس فقیرن تہٕ سٹھے تھد پایہٕ تربیت۔ اَہنز مشہوری گیہٕ دوٗر دوٗر تام۔
شاہ قلندر، احمد بٹواری، وہاب کھار تہٕ احمد صابنہ مجالسن ستی تہٕ اوسُس یُن گژھُن۔
شمس فقیر اوس قادری سلسلک۔ پریتھ جمعہ اوس درگاہ شریف گژھان تہٕ اَتہِ ییٚنہٕ
ہمعصرن ستی محفلہ تہٕ مجلسہ لاگان۔

غرض یمو صوفی شاعرو اردٕ اَہمہ تہٕ کُنہٕ ہمہ صدی منز۔ زاین لوب یمو دُیت کاشُر
زَبانی ییٚنہٕ ور روحانی تجربو کنہٕ سگ۔ یپلہ اَسہ تہندہ رِن تخلیقی کارنامن پیٹھ نظر تراوان چھ
اکھ اہم کتھ چھے نظرِ گژھان سُہ گو وُہندہ موضوعی ہیٚنہٕ۔ امیک اکھ وجہ ہیکہ سُہ ماحول
تہٕ اَستھ لُس یمن باگہ اوس آمت تہٕ بیاکھ وجہ ہیکہ یہ تہٕ آستھ یوسہ ووتھ بیٹھ یمن
پانہٕ وأنی اَس تہٕ یِنہٕ ییٚہند وِزِ وِزِ مختلف موضوعن پیٹھ بحث و مباحثہ کرن مجلس
تہٕ محفلن منز۔ آسہِ یم مختلف نو گتن گیٚنہٕ کڈان تہٕ پور پاٹھی ورتھناوان۔ تہٕ نعمہ صاب
تہٕ اوس تیٚتین ہمعصرن منز۔ سُہ پرنز لون ژونگ یمی ییٚنہٕ وجدانی کمالہ تہٕ شاعرانہ
شعور رسیہ ناو حاصل کوٗر۔ اَمس اوس پننٕ مخصوص اسلوب تہٕ مزاز۔ یم چھ خارجی
اسلوب اختیار کران تہٕ اسلامی تصوف کس فکری لیسہ منظرس منز ییٚنہٕ شاعری
ہُند دُنیا آباد کران۔ نعمہ صاب اوس فکری تہہ داری ہُند شاعر۔ سانی اکثر صوفی

شاعر آسی نہٕ لیکھن پرٕن زانن ۔ یُہے چھُ وجہ زبیلہ نہٕ کانہہ صوفی شاعر کانہہ شعر ونہٕ ہے سہٕ اوس زبانی زبانی یاد تھاونہٕ یوان تہٕ زبانی زبانی اوس لُکن تام واتان۔ تیٚس زَن یِہ مشتہِر تہٕ اوس گژھان۔ یَیلہِ یِہ تحریر سپدان اوس تتھ منز۔ چھُ بیون بیون نظر گژھان ۔

یہ کتھ چھےٚ اہم زان پرٕتھ آسنہٕ باوجود تہٕ آسی یم شاعر یمن محفلن منز بحث مباحثو ڈیٚ یتنہٕ شاعری ہنز رلوایٔنہٕ، لفظن ہندیٚ معنوی تاثرٕ تہٕ شامی ہندین باقےٚ لوازماتن للہٕ کھوٚل کران ۔ چنانچہ نعمہ صاب اوس یژھن محفلن منز شریک سپدان لہذا ہیکون نہٕ سُہ اَن پرٕتھ آسنہٕ باوجود یتنہٕ شعر رلوایٔنہٕ تہٕ غافل ماٛنتھ۔

# نعمہ صابنۍ طالب

نعمہ صاب اوس پننس زمانس منز مشہور تہٕ معروف۔ یمن أسی مختلف علاقن منز بے شمار طالب۔ طالبن متعلق ہرگاہ زیادٕ بے پتاہ چھُنہٕ تہٕ کرٕتھ تہٕ میول مے سیٹھاہ کوشش کرنہٕ باوجود صرف کینژن ہُند پے۔ نعمہ صاب یتھ تہٕ جایہ گژھان اوس عقیدتمندن تہٕ حاجتمندن ہُند اوس مالہٕ لگان۔ کانہہ تہٕ اکھا اوس نہٕ خالی تیران۔ اُمس پایہ بڈس بزرگس اوس یہ شرف تہٕ حاصل۔ یہ اوس پرتھ اکس أسہ وُنہٕ دمہٕ پیش یوان تہٕ پرتھ اکی سنز کتھ بوزان تہٕ یتہٕ پہند مسلہ حل کرٕتھ یمن حاجت روائی کران۔ یکیا زِ اُمی أس لوکچار پانہٕ بیٹھے تمہ منہ ترتھ روحانی تربیت پراومتہٕ ہمہ کنہٕ اللہ تعالیٰ ہن یمن دست شفا عطا کورمت اوس۔

اُہندین طالبن منز چھ احد صاب (پوہرہ مندوور) غلام قادر کرال (ہیر کپوور) تہٕ رسول شاہ ہاکہٕ ژر قابل ذکر۔ رسول شاہ ہاکہٕ ژر اوس نعمہ صابس طالبو منز توٗتھ ہیو طالب۔ یہ چھ ۱۸۱۳ء منز شالہ مار سرینگر زامت تہٕ ۱۸۹۵ء منز چھ واصل حق سپدمُت۔ رسول شاہ ہاکہٕ ژر اوس پننہٕ وقتُک صاحب قال خدادوس شخص۔ پننو کرامژ وجہ أس اُمس کشیر منز سیٹھاہ مشہوری۔ چونکہ سائنی صوفی تہٕ بزرگ أسی نہٕ شوہرکی قایل، تم أسی نہٕ سرس فاش یتھان۔ نتیجہ دراو رسول شاہ صاب چھ کشیر ترأوتھ امرتسر تہٕ پتہٕ شہر ملتانس منز قیام کران۔

اَتہٕ تہٕ اوس اَہنز مشہوٗری ہُندسکہٕ تہٕ اہر پھہلیوٚمُت یَمہٕ کنہِ حاجتمند دوٗر دوٗرٕ علاقو پیٹھٕ یمَن گارنہٕ تہٕ زِنھارنہٕ یِوان آسی۔ چوٗنکہٕ باطنی تہٕ ظاہری طور اوس گوڈے نعمہٕ صابُن رسول شاہ ہکہٕ تُرِ صابس شمس فقیر حوالہٕ کوٚرمُت تہٕ اَمس تربیت دِنک تلقین کوٚرمُت۔ نتیجہٕ دُراو شمس فقیر تہٕ اوس پننہِ روٗحانی ترکیش ہوٚمراونہٕ باپتھ بینس پیرس ژھاران۔ سُہ پھیوٚر مختلف شہرن تہٕ آخر چھُ مُلتانے بینس مرشدس نِشہٕ حاضر سپدان تہٕ یمن نِشہٕ روٗحانی فاٗض حاصِل کرِتھ واپس کشیر تران۔

یہٕ چھُ پَزر زِ پرتھ کانسہٕ صوٗفی بزرگس آسی طالب آسان۔ یِم بینس مُرشِد ہسندِس وننس پیٹھ سارے عمر گذاران آسی تہٕ یمن نِشہٕ آسی روٗحانی فاٗض حاصِل کران۔ نعمہٕ صابس تہٕ آسہن بےشمار طالب مگروق گذرِتہٕ کنہِ گیہٕ گُم نامی منز۔ البتہٕ یمن طالبن ہُند ناوِ مٔتے ہیرِ کنہٕ ہیوٚت تہندی ناو چھِ از تہٕ سانین بزرگن وِیدی۔

# رِیاضت

نعمہٕ صاأب اوس پانژھ وَق نماز پرنُک پابند۔ صُبحن آسی بانگہِ برٛونٛہہ وۄتھان۔ اولیاء اللہٕ من ہندین آستانہِ اعلیٰ ہن پیٹھ آسی ضرور حاضری دِوان۔ نعمہ صاأب اوس پرتھ جمعہ نماز درگاہ حضرت بل پران تہٕ پتہٕ باقی اتی بیٚتھن ہمعصرن ستی مجلسہٕ تہٕ محفلہٕ منعقد کران۔ یم آسی دستگیر صاأبن، حضرت مخدوم حمزہؒ، علمدار کشمیر حضرت شیخ نورالدین نورانی، زاأنہٕ شاہ صاأبُن، نقشبند صاأبن تہٕ خانقاہِ مولیٰ حضرت میر محمد ہمدانیؒ ہتیہ بزرگن ہندین بارگاہن پیٹھ حاضری دِوان۔ دۄہ اکِہ دۄہہ اوس نعمہٕ صاأب دستگیر صاأبہٕ شبس۔ یکدم گیہ بنصف راتس کم تام صاحبِ حاضر تہٕ لوگنس پتن خرقہ۔ امہٕ پتہٕ گیہ نعمہٕ صاأبس پیٹھ عجیب کیفیت طاری۔ یہ رُود پانہٕ پنیتین جامن منز۔ کینژن کالن آو دُبارہٕ پنینس حالتس منز۔ اُصُل یتھے نعمہٕ صاأب اتہٕ درٛاو یہ لوگ بازرس منز تہٕ وتہٕ پکان صرف یہ باأتھ وَنہٕ نہ

چھُم جوش عشقن سۄ تدرے

ہوٚرکے منٛے پیٚوم ژوٚرِ دِل

# کینٛژن باتن ہُند وجہ تسمیہ

پرتھ ادبی صنفہٕ چھُ وجوٗدس ینٛک کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ باعث آسان، خواہ سو شاعری یا نثری تخلیق آسہِ۔ تتھ منٛز عشقِ حقیقی یا عشقِ مجازی آسہِ، سُہ دُنیاوی یا صوٗفی تجربہٕ آسِہ تن۔ کانٛہہ تِیُتھ واقعہ چھُ پیش یوان یُس دِل و دماغس مُتاثر کرنہٕ روٗس روزان چھُنہٕ۔ تخلیق کار چھُ لازمَن پننہِ تخلیقہٕ ذٔریعہ اتھ شکل و صوٗرتھ عطا کران۔ وَننٛک مطلب چھُ یِ زِ یوٚتام نہٕ تخلیق کارس کانٛہہ تِیُتھ واقعہ یا حادثہٕ پیش ییہِ توٚتام چھِنہٕ سُہ پننٛین جذباتن صحی پٲٹھۍ زٲو دِتھ ہیکان۔ نعمہٕ صابَس تہٕ چھُ یِموے مرحلو منٛز گژھُن پیوٚمُت تہٕ یِہ کینٛژہاہ تہٕ سوٚرن نہٕ سونچُن تمہِ چی دِژن اَسہِ نہٕ ژٔیتہٕ وونی۔

نعمہٕ صابٕ اوس زبردس عقیدت مند۔ سُہ اوس احترامہٕ تہٕ عقیدتہٕ سان حضرت علمدارؒ ہنٛدِس آستانَس پیٚٹھ حاضری دِتہٕ گژھان۔ یِہ اوس ژٔمرِتس منٛز اکہِ لٹہٕ گژھان تہٕ اَتہٕ تہٕ اوس علمدارُ سنٛدِس آستانہٕ اعلیٰ ہس پیٚٹھ حاضری دِوان۔ دیان کیموہ تہٕ اوس علمدارؒ سنٛد گژھان تہٕ پیتہٕ اوس تتہٕ وارِہس کالس

بہتھ ریاضتس تہٕ عباتس منٛز مشغوٗل روزان تہٕ تتی چھُن یِہ باتھ ووٚتمُت سہ

مُندِس بیٚلہِ موج مول گوژھ بیٚٹھ آے اکھ دیوٚد دِیٚتہٕ رٕچھنہٕ کرناے

کَنہٕ دوٚد موٚنگُن تے کَنہٕ دوٚد دراد　　تَس بیوٚ وَنو نورالدّین وُلیے ناو

نعمہٕ صابس اوس کمالک رُوحانی کمال حاصِل۔ سُہ اوٚس عشقمقام، ژار تہٕ ہُمہٕ زُو نماز سُنت پران تہٕ فرض اوس ژار شریف اِدا کران تہٕ یتہٕ چھس یِم شعر وُزہمتی ؎

یُس گرٛژھہِ ہُمہٕ زُو، ژار، مقام　　تَس بیٚٹھ دوزخُن نار حرام
جنتس ہِنہٕ مو گرِ گرے　　حُورے مےٚ نیوٚنم ژوٚرِ دِل

دِیان نعمہٕ صابن چھٕےٚ وار ہیِن کالس گوبھہِ منز تہٕ ریاضت کرٕمژ۔ حسبِ معمُول اوس اکہ دوہہ وارہیس کالٕس گوبھہِ منز عبادتس منز مشغول یِمہٕ کِنہٕ تَس دُنیاداری تہٕ گرِ کِہن شُرِین باژن منز۔ کانہہ خبر اَتہٕ اُس نہ روزان۔ یِتھے نعمہٕ صاب گوبھہِ منز۔ دراد اُمس گو وہنگیتہٕ منگہٕ بچہِ مرٕتھ۔ اَمہِ ستےٚ ووت نعمہٕ صابٕس زبردس صدمہٕ تہٕ یتہٕ لوٚگُن یہ باتھ وَنُن ؎

مایہ چانے روٚوُم راتھ تہٕ دوہ　　ہو ہو بہٕ کرلو یوٚری دوہلو
ہاٚریے وَنکھنا طوطہٕ سےٚ　　کیہنہ دوا کرِہا موتہٕ ہےٚ
بنجہِ دِتھ گوم دِلہِ جگرو　　ہو ہو بہٕ کرلو یوٚری دوہلو

یِم کیہنہ واقعہٕ چھہِ اَزتہٕ لوٚکن زبانی زِدٕ۔ یِم تہٕ یتھی ہوی بیٚیہِ کیہنہ ذاتی واقعہٕ ہیکن اَزتہٕ کانٕسہِ تہٕ قاری یَس لیَشہٕ دِین تخلیقن سمجنس تہٕ تفصیر دِنس منز۔ مددگار ثابت سَپدِتھ۔

# کمالات

نعمہ صأبنہٕ گرٕ اوس عقیدتمندن تہٕ حاجتمندن ہُند زبردس یُن گژھن روزان ۔ اَتہٕ آسہٕ محفلہٕ سماع لگان ۔ مجادلچہٕ مجلسہٕ تہٕ آسہٕ سَپدان ۔ نعمہ صأبس نِشہٕ آواکہٕ دوہہ مریض اکھ یُس تمام ڈاکٹرَن، ہسپتالَن تہٕ حکیمن پھیوٗرمُت اوس تہٕ اوسنہٕ کُنی کینہہ اندیومُت ۔ اَمی کوٗر پننُن حال نعمہ صأبس نِش بیان ۔ دَپان نعمہ صأبن دیُت زٕ ژٕھ کھنجہٕ دَم تہٕ پتہٕ بٕرنی چلمہٕ تماکہٕ بدلہٕ مرٕژ وانگن ۔ دام جوراہ چلیٖن تہٕ پتہٕ بلناوُن بجیر مریضس کُن ۔ مگر یہ اوسنہٕ تموکھ چیوان ۔ چونکہ پیرسُند اوس حُکم ۔ اَمی چیٖیہ دام جوراکتھ، دہ کھوتہٕ اسمان ۔ مریض آیہ ترٲس تہٕ بیہوش گژھتھ پیوو بتھر ۔ نزن گانٹن رُود بیہوشی ہندِس عالمس منز ۔ ہوش ییلہ آس ۔ یہ سپد حٲران تہٕ گوو یکدم تھوٗد وٕتھتھ ۔ یہ اوس بالکل ٹھیک گومُت ۔ نعمہ صأب وٕوٕنس یُتہ تام زندٕ چھکھ نوٗتام پکھ تہٕ ووفی زانہہ بمار ۔ تی سپد تہٕ ۔ دپان واریاہ کال گژھتھ ییلہٕ اَمس مریدس دُنیاہ منز تیرنک وق ووت، نعمہ صأب لوٗگ باقے مریدن وَننہٕ ۔ وُتھو سا جنازٕ پرٕو ۔ تم گیہ حٲران تہٕ درایہ پیرس پتہٕ پتہٕ ۔ وٲتی نو نگر (یہ چھُ شپیٖنس منز اکھ گام ۔ نعمہ صأب اوس اور گژھان) اَتہٕ آسہٕ اَمس جنازٕ پرٕتھ کڈان ۔

نعمہ صابس اوس لوکچہ وانسہ منز ے کمال حاصل۔ یہ کتھ چھے ییمہ تلہ نان ییلہ تس کھنڈ واو کارخانکس ووستس تہ ژاڑہ باجن ستی ژار گژھن اوس۔ ییم آسی وتی ییلہ رؤدتہ واوکورن۔ ووستہ چھ نعمہ صابس کارخانچہ دارتہ فرد اندر ژانہ بایتھ والیس کارخانس بیٹھ سوزان۔ نعمہ صاب چھ ووستہ سندس ونس آمنا صدقنا کران تہ کارخانس بیٹھ واتتھ ووستہ سنز کتھ عملاوان۔ تہ کینژ منٹہ پتے چھ والیس ہمن نش واتان۔ ووستس تور فکر ژ نعمہ صاب چھ اڑدتی والیس آمت۔ تہ گوس زبردس ناراض۔ یوددے نعمہ صابن یہ سمجاونک کوشش کریہ مگر بے سود۔ شامس پیٹھے ووستہ والیس گر ووت، خاندارینز بجس ونہ ژ نعمہ صاب کیاژ سوز بھس اڈوتی والیس بہ کرہا یلنے دارینہ۔ یہ بوز تھ گوو ووستہ حاران، تس آو نہ یقینے مگر خانداریئز بجس ڈبار ونہ ژ سہ اوس پرژی یور آمت۔ بہ اسس تمہ وزبھ تلان تہ مے دژمس کھینہ خاطر پھرتہ۔ ووستہ گوو حاران تہ نعمہ صابنس سرس تہ گوو فاش۔ یہ نہ سہ پسند اوس کران۔

یتھے بیاکھ عقیدہ چھ عام لوکن منز سیٹھاہ مشہور۔ دپان نعمہ صاب اوس کھنڈ واو کارخانس منز سیٹھاہ کم گژھان تکیاژ تسندس سرس اوس فاش گومت۔

سہ اوس دسہ وونس منز زبردس ماہر ماننہ یوان۔ اکہ دوہ ووستس آیہ مہاراجہ رنبیر سنگھنہ طرفہ دسہ وونچ فرمایش۔ چونکہ یہ فرمایش ہیکہ ہا صرف نعمہ صابے پور کرتھ مگر سہ اوسنہ کارخانس منز بھرانی۔ ییمہ کنہ ووستہ زبردس پریشان گوو۔ مہاراج سندی نفر آسی دسس یوان مگر دسے اوسنہ کنہ تہ بنہ چھ ووستہ تنگ ییتھ دسک سورے سامانہ نعمہ صابس گر تراوان۔ نعمہ صاب چھ اتھ تلمہ

کران تہٕ خاندارن اتھٕ طاقچس پیٹھ تھاوناوان ۔ وونیُس تہٕ کانہہ مہاراج سند طرفہٕ وگراے یوان اوس، وونہ تہٕ اوسکھ صرف یی ونان زِ کام چھےٚ چلان ۔ دیان وونہ تہٕ پیٚلہ مہاراج سندۍ پونفرو وگراے کرہِ کرہِ تنگ اوٚن ۔ تمہٕ کرِ یمن نشہٕ حقیقتھ بیان ۔ یہ نتیجہ واتِتھ مہاراجس ناکام ۔ سُہ چھُ ناراض گژھان نعمہٕ صابنہٕ گرفتاری ہُند حُکم جارٕی کران ۔ یتھے نعمہٕ صابس مہاراج سندۍ سپاہ گرفتار کرنہٕ آے ۔ نعمہٕ صابن لوٚگ وَنُن ؎

| | |
|---|---|
| بے زمار خسار داری اے کریم | پرتوے انوار داری اے کریم |
| بہر نعمہٕ مارنے آے خشمہٕ سان | صد سپاہ سالار داری اے کریم |

یہ لوٚگ خاندانہٕ کُن وَننہٕ ۔ تسو پھیٚچ اتہٕ پوٚری پوشہ تمہٕ دوہ طاقچس پیٹھ تھاوے یتھ ۔ نعمہٕ صابن پیٚلہ پھیٚچ کھوٚج ۔ امہ منزٕ دراو تمہٕ قسمک دُسہ پوٚش امہ وقتہٕ بے مثال اوس ۔ یہ خبر پھیلیہ ساری سے ۔ وونی حکمرانن تام تہٕ واتیہ یہ نتیجہ ۔ مہاراجس تہٕ گیو نعمہٕ صابس سےٚ ملاقات کرنک شوق ۔ مگر نعمہٕ صاب اوسنہٕ امیک قایل ۔

بیا اکھ عقیدہ چھُ یتھ پاٹھی دیان نعمہٕ صابن گرٕ زاو اکھ دوہ ژور ۔ نعمہٕ صاب اوس کامہِ ستی آدر ۔ ژورن درژ ساری سے ژھانڈ ۔ اتہٕ لوبُن نہٕ کہیں تہٕ ہیوتُن واپس نیرُن ۔ اتھ دوران اوس نعمہٕ صاب کامہ نشہٕ فارغ سپد متُت ۔ امی کوٚر ژورس آلو تہٕ دوٚنیس ژکُس چُھکھ ۔ ژور ووٚدھتُس سیوٚدُے بہ ژھیٚس ژور ۔ نعمہٕ صابن دوٚنیس پیتہٕ کیاہ چھےٚ رَٹھ تہٕ یہ ژادر ۔ ژھوٚرے کوٚت نیرکھ ۔ کرے مولیٰ یہ پزُتھ آیہ ژورس اُچھہ منز ترہٕ ۔ سُہ لوٚگ توبہ کرنہِ ۔ یہ تہٕ کوٚرُن نعمہٕ صابس زار پار ۔ نعمہٕ صابن دِژِس عرفانچ تعلیم ۔

یِمَن کرامَژن ہُند پوٗز اَپُز کیاہ چھُ۔ تتھ سَنٛز چھیٚنہٕ ضَروَرتھ، مگر اَمہِ سٟتۍ چھُ یتھ کتھِ تصدیق سپدان زِ سُہ اوس ییٚنِس دورس منٛز عام لوٗکَن ہنٛز نظرِ اَکھ وَدٕتمٕت روٗحٲنی بُزرگ تہٕ پُرجلال شخصیتُک حامِل۔

# نعمہ صابن بحیثیتہٕ شاعر

نعمہ صابنٕ شاعری چھےٚ تمی رِوایتُک حصہٕ یُس کُنہٕ وُہمہٕ صدی منٛز کاشرِ شاعری ہُند غالب رُجحان روُد نہٕ کیٚنہٕ اَنان چھےٚ تہٕ یُس کاشرِ شاعری ہندِس تواریخس منٛز صوفی شاعری ہٕند ناو دِیِنہٕ چھےٚ۔ یتھ پاٹھۍ چھُ نعمہ صاب، شمس فقیر، سوچھ کرال، وہاب کھار تہٕ رحمان ڈار بیترِ شاعری ہند قبیلُک شاعر۔ یتھین شاعرن متعلق اَچھ یُتھ پاٹھۍ یہ وَننہٕ یوان زِ اَن پَرٕ آسنہٕ موکھہ آسۍ یم شاعر شاعری ہندین ٹکنیکی زاوِیَن نِشہٕ اَن زان۔ اما پوٚز یہ چھُنہٕ صحی۔ بلکہ آسۍ یم بیشتر شاعر پننہٕ شعر رِوایژ نِشہٕ پوٚر پاٹھۍ باخبر۔ یمو یوٚدوے اَزکی پاٹھۍ کاشرِ شاعری درٚس نہٕ پرمٕژ آسنہٕ۔ مگر تمہٕ باوجود تہٕ اوس یہنٛزن گیوٚن محفلن منٛز مختلف صوفیانہٕ کلامہٕ کین زاوِیَن تہٕ زبٲنی ورتاوَس منٛز باضے بحث مُباحث تہٕ لگان۔ یتھنے صوفیانہٕ محفلن ہُند چلے جاو چھُ اَزکل تہٕ بیتہٕ مختلف موضوعن مضمونن تہٕ شعر باوژ پیٹھ گفتگو سیدان چھُ۔ دوٚیم کتھ چھےٚ بیتہٕ زِ شعر وَننہٕ باپتھ چھُنہٕ اَزکِس معنےٚ ییٚس منٛز پوٚرمت لیوکھمُت آسُن ضروٗری۔ دُنیاوی ادب اوکطرف تراوِتھ ہر گاہ اَسۍ پننِس شعر سرمایس پیٹھ نظر تراوَو اَمیُک ژوٗریُم حصہٕ چھُ تمن گونماتن ہند ذٔسی تخلیق کرنہٕ آمُت یم اَز کِہ ہِشہٕ انگریزی تعلیم نِشہٕ نابلد آسۍ۔ اما پوٚز یم شاعر آسۍ پننہٕ زمانچہٕ سوخنِن ترایہٕ، حقیقژ تہٕ منٛز اَزکِس زیادٕ نِکھ۔ تکیازِ یتھی بیشتر شاعر آسۍ

سماجی زندگی ہندِس عامیانہٕ طبقس منز پرٛیتھِمتی پوٚھٹِمتی آسان ۔ نعمہ صاب تہٕ چھُ یُتھے اکھ شاعر یُس عام طبقہٕ پیٹھ اوس ۔ شاید چھُ یہے وجہ زِ اوہ ہند کلامہ چھُ اکھ عام طبقس منز مقبول سپُد مُت ۔

اوہ ہند مقبول عام سپُدنُک چھُ اہم تخلیقی تہٕ فنی کامیابی منز ٹاکار شہرتھ ۔ نعمہ صابنس دورس منز آسہن تس اَندۍ پکھے بے شمار گوٚماتھ مگر تم سارۍ ترٛاوی یکہ وٕنی زمانن گال کھاتس ۔ نعمہ صاب چھُ تمو کینژہ شاعرو منز ۔ یہند کلامہ عوامن ہنٛنس وو ندس منز رچھ کرِتھ تھوو ۔ حالانکہ نعمہ صاب چھُنہٕ کانہہ تہٕ بڑ گو شاعر یا یہ زِ تس نش گرِتھ نہٕ اَسہ میحمود گامی ہندی پاٹھی صنفی تجربن ہُند تجار تہٕ نظر ۔ تسُند کلامہ چھُ زیادہ تر ہِن وژن تہٕ باضے غزل رنگس منز ۔

حالانکہ وژنس منز چھُنہٕ تجربک نوبرزیاد اہم تہٕ غار معمولی ۔ بلکہ چھُ اتھ منز کُنہٕ جذباتی کیفیژ ہُند پزر، خلوص تہٕ شدت ضروری ۔ نعمہ صابنن وژنن چھِ یہ خصوصیتھ جایہ جایہ درینٹھی گژھان یمیتہ باسان چھُ زِ یہ آو چھُ تمہ جذباتی کیفیژ ہُند نتیجہ یو سہ نعمہ صابس باوژ باپتھ مجبور کران چھے ۔ باسان چھُ زِ نعمہ صاب یہ کینژھا وُنان چھُ سُہ چھُ تمی وو ندزٕلو نمُت تہٕ وترو و مُت ۔ یژھن جاین چھے نعمہ صابنہٕ انفرادی شخصیژ ہنز موہر ٹاکار باسان تہٕ وژنہ خوبی چھے یی زِ اتھ منز چھے شاعر سنز شخصیت تہٕ تسُند انفرادی جذبہٕ نمایاں آسان ۔ مثلن یم کینہہ مثالہٕ نیو تو

بے دردِ داد چانہٕ سوزہ ہو سیدان
سوے لے مٹھیا میانہٕ یارو لو

بہٕ ہا لال آیہٕ سےٚ سوٗرمہٕ تہٕ سازو
تھوٚد ووتھ مٕتہٕ مہہ رازولو

وٗنی منےٚ دِتمے کوچہٕ بازارو ہاو دیدار دِلبرو
بُجم پھُلیاہ لولہٕ باغس تتھی بہٕ ژاگےٚ ہانژ لو
لاگ بُلبُل چھاو گُلزار ہاو دیدار دِلبرو

نعمہٕ صاب چھُ بیٚنن وَژنن منز یہٕ جذباتی کیفیت مُدرلیہٕ تہٕ سازتہٕ سیتی ووتلاوان۔ یتھ پاٹھی چھُ یہٕ وَژنس منز جذباتی شِدت تہٕ کیفیت ووتلاو مُنگ وُسیلہٕ سازتےٚ تکیازِ وَژنس منز۔ چھُ سازٕ معنے بنان تہٕ معنے سازٕ۔ ووں گوڈ یہٕ سازُت ووبدانی یوٚدوَے کیہنہ ول شاعر ورتاوان چھ مگر زبانی وول علاوٕ چھُ نعمہٕ صاب یہٕ سازُت بیٚنیہٕ تہٕ کیٚنژ وِطریقو یاد کران مِثلن سُہ چھُ بشتر پاٹھی بیٚنن وَژنن منز لکہٕ آہنگ تہٕ لکہٕ لیہٕ ہُند ورتاو کرِتھ بہتر ملےٚ میٹھ تہٕ مُژھج بناوان۔ لکہٕ لیہٕ تہٕ آہنگس چھےٚ برونہہ تمہٕ مخصوص تہذیبی منظوری آسان تہٕ تتھ چھِ تمہٕ تہذیبکی لوکھ اتھوٕ ینٛیٹھی قبوٗل کران۔ نعمہٕ صاب تہٕ چھُ امہٕ نِشہٕ باخبر تہٕ لکہٕ آہنگن ہُند ورتاو کرِتھ چھُ تمی تہٕ بیٚنن کلامہٕ عوامہٕ باپتھ قابل قبوٗل بناوِمُت۔ تِمند مقبول عام سپدنک چھُ شاید یہٕ اہم وجہ۔ تمی چھُ بیٚنن وَژنن منز تیٚتھ سازُت وو بدوٗمُت یُس لوکن ہُندِس مزاجس وَیہٕ وُن تہٕ پریہٕ وُن تہٕ اوس تہٕ یتھ سیتی لوکن پانیار ہیوٗ تہٕ باسان اوس۔ مِثلن

نوٗر و نوٗر و صُبحکہٕ نوٗرو کرےٚ گوٗر گوٗر و بھوٗلہم ژہ یارہٕ

چیتہ برونٹھ دیوانہ گوو منصورو          پرنے لوگ سُہ اللہ ہو
شور گوو دارس لوٚدُکھ منصورو          کرے گوٚر گوٚر وچھوٚ لہم ژرہ پاری

مایہ چانہِ رووُم راتھ تہ دوہ          ہوہو بہ کرٕ لوٗ لوٚری ووٚلو
تاراج ہا کوٚرنم دِلُس          تیُتھ گُل کرانے ٹمبلُس
ہول گوم جگرس سوٚمبلو          ہوہو بہ کرٕ لوٗ لوٚری ووٚلو

ژھوچِن لیَن ہندی یم وَزن چھِنہ صرف کاشرِ لکہ لیہ نکھ بلکہ چھِ یم سائنس رلوائی نثرن باتن ہندِس اندازس پیٹھ۔ یتھ پاٹھی آسہن پرٕزی ننٕس ژمانٕس دوران بوزن والین وہ لسنٕس اناں۔

نعمہ صاب چھُنہ پننہ ہونرمندی ستی چھرا اچھلتھ چھکتھ موسیقیت پادٕ کران بلکہ چھُ تسنز شاعری منز تتھی وزن تہ شامِل پیٚتہ ساری ہیے وزنس منز ہیر پیٹھ بون تام اکھ نفسیاتی کیفیت برقرار روزان چھے یمَن منز باوٕنہ آمتی جذبہ خیالَ تہ احساس چھِ بوزن وألِس پانس ستی ڈیٚشتھ لوان۔

چنانچہ نعمہ صاب اوس عام طبقس پانس ستی وابستہ تہ تمی چھُ پننہ شاعری منز عام، سیوٚد ساد تہ دوہہ دِشچہ زبانی ہُند ورتاو کوٚرمُت۔ باقے شاعرن ہندی پاٹھی چھُ تسند ین وَزنَن منز تہ براہِ راست باوٕژِ انداز۔

نعمہ صابنہ شاعری ہُند مرکز چھُ لول یتھ منز محبوب ماورائی چھُ۔ اما یوٚز ینٕس ماورائی محبوبس ستی پننہ محبتُک اظہار چھُس عشقِ مجازی کہ وسیلے کران۔ بقولِ غالب "بنتی نہیں بادصبا کہے بغیر"۔ نعمہ صاب تہ چھُ اکس لولہ شاعر

ہندی پاٹھۍ پننس محبوبس ژھاین تہٕ گژاین پأری لگان۔ تسندین قدمن پیٹھ سر آوان تہٕ تسندِ ینہٕ جُستی منز پان شیران تہٕ پأران۔ اَتھ شاعری منز چھِ ہجرُک دوکھ تہٕ غم تہٕ وصلُک ہمسوسہٕ۔ ہجرکین ژھین منز چھُ تسُند رُوی یہ زیادے بےبس تہٕ لاچار۔ اَتھ لےبسی منز چھُ تس نِش وقتُک بھیرِ تہٕ نابود گژھان۔ تِکیازِ سُہ چھُ دل تہٕ جانہٕ سان تیٚنِس معشوقس منز محو۔ توے چھُ وَنان ؎

ما یہ چانہٕ رووم راتھ تہٕ دوہ

ہوہو یہ کریو یوٚری دوہو

نعمہٕ صابنِس لوٚلس منز چھےٚ عاجزی تہٕ انکساری تہٕ۔ اَتھ منز چھُ یارُ پراونُک جستجو تہٕ کشمکش تہٕ۔ سُہ چھُ پننِس اکایِ معشوقس طرفاتن ژھاران تہٕ وُنی دِوان تہٕ تس مختلف جایَن واتنُک بانڈ باند کران۔ تہند شاعری منز چھِ اَتھ مختلف جایَن ہندی ناو نظر گژھان تہٕ یِہند تعلُق ما جہِ کشیرِ سٕتی چھُ۔ یہ کتھ چھےٚ ہاوان زِ نعمہٕ صابس چھُ پننہٕ کشیرِ ہندۍ اوٚند پوٚکھ زمس زمس منز تہٕ سٕتی پننہٕ تہذیبُک تہٕ ثقافتی وِرثُک احساس تہٕ زانکاری تہٕ۔ سُہ ییمہٕ آیہٕ پننِس معشوقس مختلف جایَن تہٕ مقامن منز سمکھنُک وعدہ قرار کران چھُ یہ چیز چھُ ورگہ پاٹھۍ ہاوان زِ تس چھُ یِمن جایَن ہنز تواریخی تہٕ تہذیبی اہمیتُک اندازٕ تہٕ۔ متی چھےٚ یہ کتھ تہٕ عیاں سپدان زِ سُہ چھُ یمن جایَن پانہٕ تہٕ بھٕسورُت۔ کشیرِ ہندین جایہٕ ناوَن ہنز برمار چھےٚ میانِ حسابہٕ تسنز شاعری ہنز امتیازی خصوصیت۔ حالانکہ یہ چھنہٕ اَمنز بھیر ہاو خوبی تِکیازِ اَسہِ چھِ محمود گامی ہندِ یتھےٚ اَمہٕ اَندازٕ جایہٕ ناوَن تہٕ باغن ہندی ناو دٕرینٛٹھۍ گژھان۔ مگر نعمہٕ صابس نِشہِ چھُ ہنا زیادے۔ "خالس منز دلبرن ہوونم

پان" بانہ چھ اَمِ رٕزٕ مثال۔ اَتھ منز چھِنہٕ صرف وَیدی بلکہ تھٔتی ناوِیم بظاہر غارٕ اہم چھِ مگر نعمہ صاب چھُ یِمن منز کانہہ نہٕ کانہہ خوبی نَنٕ کڈتھ ہیٚنٛد ورتاو فنکٲری سان کران۔ مثلن

گوٗلاب باغ گٔگر بل گاندر بل — گوٗری پوٗر یارٕ ن لوگ ڈامبل
گامہٕ گام پھیوٗرُس دِل پریشان — وَلے وٕنیسی ژھارون معشوقہٕ جان
پٹن پانپٕر تاپر پیوٗن گام — گوٗبھ بلہٕ پیٚٹھے تاپہلگام
وٕسہٕ وُمن وُچھمے شاہ خوبان — وَلے وٕنیسی ژھارون معشوقہٕ جان
لام تے لیتٕہ پوٗر لاسی پوٗر — ٹُکہٕ پون کونٛڈ منز کران دورٕ دور
لال پوٗر وُچھمے لال مہرجان — وَلے وٕنیسی ژھارون معشوقہٕ جان
آرمل اُڈی گوم اَری ہل — اَروٗنہٕ پیٚٹھ تا اہربل
اَمیرا کدل وُچھم دوران — وَلے وٕنیسی ژھارون معشوقہٕ جان
بی ہوم بٕہ گوم بوٗنہٕ بارٕ گونٛڈ — بأوی پوٗر پیٚٹھ گرٕ تھ بانہال کونٛڈ
بوٗنی یار بالہٕ پیٚٹھ گوم یکسان — وَلے وٕنیسی ژھارون معشوقہٕ جان

شعرن منز یِمن جایِن ہُنٛد ذکر کرنہٕ آمُت چھُ تِم چھِ وادی کشیرِ ہنٛدین مختلف اطرافن منز۔ یہِ اَکِس شعرس منز چھُ تِمہٕ اَتھانہٕ ہیٚنٛد ورتاو کرنہٕ آمُت زٕ آوازٕ تکرارُک گوٗن چھُ وۄتلاوُنہٕ آمُت۔ بیاکھ خوٗبی چھےٚ یہِ زٕ اَتھ منز چھُ ٹُکہٕ شاعری ہُنٛد تکرٲری وَل تہٕ نظرِ گژھان۔ یِمَن شعرس منز چھےٚ بھری بھری کانہہ نہٕ کانہہ جایہِ ناو دوہراونہٕ یوان۔
نعمہ صابنِس وٕرنِس منز چھےٚ معشوقہٕ سنز یہِ ژھانڈ اَکِس مُنتہاہس واتان

تہٕ صاف چھُ باسان زِ اَتھ اور آسہٕ کینہہ۔ مختلف جاین ہِنٛدِ تذکرٕ یتہٕ چھِ آخری
شعرس منٛز زارُک ذکر سپد تھ شاعرٕ ہاوان زِ یتہٕ زار آخری منزل چھُ یُس سارِنے
وَ یتہٕ چھےٚ آخرس زار کُنے گرتھان تکیازِ بقولِ نعمہٕ صاب حضرت شیخ چھِ بوڈ علمدار
تہٕ تیٚس سٕ مہربانی کرِتس کیا غم چھُ یانیلہٕ پرِتھ کانہہ وتھ بند سپد علمدارُن دروازٕ چھُ
تورِ تیلے کانسہِ تہٕ بند سپدِ خاطر۔ بہرحال یتھی ہوی لوکہ شاعری ہنٛدی ول ورتاوتھ چھُ
نعمہٕ صابن یہِ باس تہٕ دِوان زِ سُہ چھُ نہٕ صرف تہذیبی میراثہٕ نِشہٕ باخبر بلکہ شاعری
ہنٛد لوٗر لواییو تہٕ وَلوٗ نِشہٕ تہٕ چھُ زانی یاب۔ تسنٛز شاعری منٛز چھِنہٕ صرف کُشیر ہنٛز منظر نگاری
بلکہ چھُ تمی پنٕنی تجربہٕ باونہٕ بانٛپتھ لوکہ رِلوایژن تہٕ اساطیرن سٟتی وابستہ کردارن تہٕ قصہٕ تہٕ
ورتاوی متی۔ یم کردار تہٕ قصہٕ چھِ مقامی آگرو علاوٕ عربی تہٕ عجمی آگرن ہنٛدی تہٕ۔ یہِ کتھ
چھےٚ ہاوان زِ سُہ چھُ پننہٕ دورکہ ادبی ماحولہ نِشہٕ تہٕ باخبر اوسمُت۔ نعمہٕ صاب چھُ تمہ
دورُک شاعر یَیلہٕ کاشُر شاعری پیٹھ فارسی زبانی ہنٛد اثر طیٚس پیٹھ اوس۔ فارسی زبانٕ
ہنٛد اثر گوو کاشرس پیٹھ تیٚلی شروع یَیلہٕ اسلام کشیر منٛز۔ ژوداہمہ صدی منٛز وارد سپد۔
شیخ العالمؒ تہٕ لل دید ہنٛز شاعری منٛز چھِ امہ اثرکی ابتدائی نقوش۔ یہِ اثر چھُنہٕ چھرا
فکری سطحس پیٹھ بلکہ لسانی سطحس پیٹھ تہٕ۔ تکیازِ یہےٚ اوس سُہ وق یَیلہٕ کاشرس منٛز فارسی
لفظُت وارِد سپد۔ تمہِ پتہٕ گوو یہِ اثر دوہہ یتہٕ دوہہ ہُران تہٕ کنٛوہمہ صدی منٛز ووت
یہِ یمہٕ حسابہٕ عروجس زِ اتھ دورس منٛز سپد فارسی ادبک کِن مختلف فن پارن ہنٛدی
ترجمہٕ کاری طیٚس پیٹھ۔ ترٛہن مثنوی ین ہنٛد امبار لوگ کاشر شاعری منٛز۔ پھرنہٕ ہیٚنٛد
آگرٕ فارسی اوس، جامی، نظامی، سعدی تہٕ نخشبی ہوی شاعر تہٕ تِہنٛز تخلیق یَیلہٕ
کاشرس منٛز پھرنہٕ آیہ تتھ سٟتی سٟتی آیہ فارسی تشبیہہ تہٕ استعارٕ، سراپا نگی میزان تہٕ

علامژ بیترِ تہٕ سائنس ادبس منز۔ غرض کاشُر شاعری ہُند شعر ماور آو فارسی رنگس منز رنگنہٕ۔ یہِ رنگ چھُ کنٛو ہمہ صدی ہندِ بیشتر شاعرن منز نوٚن۔ کانٛسہ کم تہٕ کانٛسہ زیادٕ۔ نعمہ صابس نِش تہٕ چھُ یہُے رنگ۔ اَمہِ ستۍ چھےٚ مختلف صوفی شاعرن ہندس کلامس منز کُنہٕ کُنہٕ یکسانیت تہٕ پادٕ سپزمژ تکیازِ ماور چھُ یکسان تہٕ یکسان وزنی لہجہ ستۍ چھُ یہ ہشر زیادٕ نوٚن دَرامُت۔ مثلن

وۄنی لیہ اَنتن یار   دِلہ زار بوزہم نا
تس یہ تہٕ رووُم لوکچار   دِلہ زار بوزہم نا

(وہاب کھار)

دوٗرِ ہے وُچھم پوٗرِ ناز ہے وۄنی یے
یار پوٗری اَنتنے باز ہے وۄنی یے

(واز محمود)

خابہٕ منز دِلبرن ہووُنم پان
وَلے وۄنی زھارون معشوقہٕ جان

(نعمہ صاب)

وونی گو ونعمہ صابس چھےٚ اَمہِ با وجود تہٕ پننہٕ انفرادیت۔ موہن زیُٚسنہٕ دٔسی وَرتاونہٕ آمتۍ فرہاد، مجنوٗن، شیرین، گُل، گُلزار، شیخ صنعان، رِند، موے سر بوج، بیر، یاد، موختہ ہار، چشمہٕ، خال، کاکُل تہٕ بیتھی ہوی بیشتر عربی عجمی تہٕ مقامی آگرن ہندی لفظ تہٕ علامژ چھےٚ کُلہم صوٗفی شاعرن ہُند خاصہ۔ مگر نعمہ صابُن لہجہ چھُ تمن جاین نوٚن یمن تہٕ جذبہ لیہ ہُند تہٕ غالب ہرِ آوِتھ کلامس منز اکھ پُر اثر تہٕ

سۍنہٕ وُن توتۍ دوٚثلاوان چھُ مِثلن سٟتھ ہیوٗ انداز بیان ہیکہِ چھِ نعمہٕ صابس اَستھ۔

دل چھےٚ معصوٗم شُر لَلہٕ ناوُن
چھےٚ نو بوزان ہوتے ہو

رٕوہٕ منٛز بس منٛز کھوٚنہٕ لَلہٕ ناوُن
چھےٚ نو بوزان ہوتے ہو

○

بے دردہٕ دادِ چانہٕ سوٗرہٕ ہوسیدان
سوٚے نے مٹھیا میانہٕ یارو

○

رٕسہٕ رسےٚ دِل مےٚ نیوٗ نم اَسہٕ وٕنی مارٕ متیے
چیسہٕ ہوٚشے بال منٛز نس گاجنس سٕتی سٕتیے

○

نوٗرو نوٗرو صبحکہِ نوٗرو
کرے گوٗرٕ گوٗرٕ پھوٚلہم زٕ پارٕی

○

مےٚ چھوٚونس مےٚ خانہٕ متیے
ہا فقیرو روز کھ نا ییتیے

نعمہٕ صابنس لہجس منٛز یوٚدوے ترٛز رتہٕ شدت چھےٚ، عاجزی چھےٚ منٛز رتہٕ ستی چھِ اَتھ ستی بے پروائی تہٕ بے نیازی تہِ جلوٕگر سیدان۔

یتھے پاٹھی چھِ بیشتر صوفی شاعر پننہٕ شاعری منٛز پننس ماورائی محبوٗبس گہے کھوٚنہٕ لَلہٕ وان تہٕ گہے منٛز بس منٛز گوٗرٕ گوٗرٕ کران۔ مگر اَمِن تہٕ چھُ نعمہٕ صابُن انداز الگ تہٕ وکھرٕ۔ سُہ ییلہِ جدائی ہندِ نارٕ ستی بربکہِ یوان چھُ سُہ چھُ بے ساختہٕ انداز س منٛز وونان زِ

امارن چانی زاج نم
تن
بہٕ للہٕ وَن یار منٛز چشمن

کوٗرِس فلوا بہٕ، امارن
بہٕ للہٕ وَن یار منٛز چشمن

"چشمن منز۔ یارلہٕ وُن" چھےٚ بے انتہا مُلیح باوَتھ تہٕ چشمن منز۔ للہٕ وُن چھُ نہٕ صرف پننس یارس ستۍ نہایت لول ورتاوُنُک تصوُر بروہ نہ کُن انان بلکہ چھےٚ یمہ کتھہِ منز باوَتھ تہٕ سینہٕ منز زِ شعرکُ عاشق چھُنہٕ برنٛزس نٮ۪بٕس ماورآئی محبوبہ ستۍ۔ تصویر نظرو منز کڈُن یٚژھان۔ چشمن منز للہٕ وُن چھُ حقیقی زندگی منز ناممکن مگر شعرکس دُنیہس منز اُتھ چھُ یہ سوُرے کیہہ ممکن باسان۔ یتھ شعرس منز چھُ شاعرن مبالغہ آمیزی مُنٛد ورتاو کرِتھ شارس منز۔ شارُت پاۘدِ کوٚرمُت۔ مبالغہ آمیزی ہنٛز یٚژھہ رٕژ مثالہٕ چھےٚ صوُفی شاعرن نِش شاذ نازے نظرِ گژھان۔ وُچھو

آبہٕ کس باغس پھوٚل مے بہار<br>
ہاوہو دیدار ہاوانی

آبہٕ کس درختس آہی پوشس<br>
نوٚہرکیو پوشو نیوٚہم ہوشس

یمن شعرن منز چھِ شاعرن آبس گل تہٕ گلزار پھوٚلراوی متۍ۔ قٲری چھُ بیکہ وقت آکی مختلف رنٛگ وُچھان۔ شعر پران پران چھِ قٲری ہنٛدی ساری ذٲتی تجربہ تہٕ منطبقی یٚنہ ریتھ پیوان تہٕ سُہ شاعر سنٛد تخلیق کرِ ژمتیس دُنیہس سرخم کرِتھ تسلیم کران۔ یہ چھُ شاعر سنٛز تخلیقکاری ہنٛد کمال زِ ینہٕ تخلیچ وُچھو آری ستۍ چھُ سُہ یتھی حسین منظر پاۘدِ کرِتھ ہیکان۔ یتھ شعرس منز چھُنہٕ آب سُہ آب یُس اسۍ پانس اندی کیتھ پتر اُزنیُٹھ وُچھان چھِ۔ بلکہ چھُ آبس اکھ علامتی معنے لٮ۪ژراونہٕ آمُت۔ یہ چھُ سُہ آب یُس ستی تہٕ انسانی زندگی ہنٛد آگر چھُ تہٕ یُس زندگی ہنٛدِ بُن

مختلف رنگن منز ظہور پذیر سپدنک بنیٖر ته چھ تھاوان۔ 'آب' چھ استعاری معنے یس منز باقے صوفیو ته ورتو مت۔ مثلن:

جوے منز لبستھ چھ دریاو

ناو در آب تے آب در، ناو بیتر، چھ سوچھ کرالن

مشہور وژنک شعریس وحدت الوجودی فکرِ ہند سیود ته سہل اظہار چھ۔ مگر نعمہ صابن ورتاو چھ امہ نشه الگ۔ تمی چھ اتھ بتنه تخلیقی چھو ستی اساطیری رنگ کھولمُت۔ یتھی ہوی شعر چھ ہاوان زِ نعمہ صاب چھ فطرتن شاعر اوسمُت ته یمنه تخلیقی شوزبوزنس چھنه رحمان ڈار، سوچھ کرال یا وہاب کھارس ہوین ہم عصرن ہتھ اوسمُت۔ سانه صوفی شاعری چھ تمند ذہنی پتھن ہوین زبردس نشرن ہند برزر سپدمُت۔ مثلن

به تزایوس سنّی زوٗرے

شمع تھاوتھ زوٗرے

یتھ ہیو یا اتھ اندی یکھی تونزوو تلاوَن والی شعر چھ بیٖیه ته کینژ وکاشر پوشاعرو تخلیق کری متی ته یہ سلسلہ چھ حقن شیخ سند پتھے نظرِ گژھان۔ تمند مشہور ته کامیاب تنژُک "مے راو زوٗرس تارس وتھ" چھ کاشر ادبہ کس پرتھ کانسه سنجیدہ قاری یس زبان زد یا پر ماندُن یہ شعر۔

زوٗرس یژ کالے تھارن

اتھ ہیتھ دژیو پھاسی مے

اتھ رزِ اوسّس کاٹھ کھارن

یہ چھُ صحیح زحض شیخہٕ سنٛز۔ باوٕژ منٛز۔ چھُ ڈراما مگر پرماننٛس شعرس منٛز چھ بیانیہ۔
اَتھ برعکس چھُ نعمہ صابن بیانیہ ورتاوُن باوجود تہٕ ستم ظریفی شدتہٕ سان وۄتلاوُن
اکھ شعرس منٛز چھُ اقبال تہٕ کران تہٕ پننس صورتحالس پیٹھ پشیمانی ہُند اظہار تہٕ
کران۔ ترتیشوونی شعرن ہند شعر کردار چھ بے خبری تہٕ غفلتس منٛز۔ کُڈرِس صورتحالس
پیٹھ لگان مگر لفظو ڈسی یوسہٕ اَیرنی نعمہ صابن وۄتلاوِمٕژ چھےٚ سو چھےٚ قابلِ داد۔
نعمہ صابن چھےٚ نہٕ یہ کتھ ہرگز تہٕ نظر انداز کرِمٕژ زِ وۄژنک بُنیادی مِزاز چھُ
عشق تہٕ عشق چھُ اکھ وسیع موضوع۔ یہ چھُ اکھ احساس تہٕ اکھ راوُن تیوٗل یُس
پرتھ حساس تخلیق کاری فکرِ ہُند سنٛز تہٕ گنٛز دِتھ زمینی حقیقتن ہنٛز۔ اکھ نوٚ ترینہ دِنی
دوان روزان چھُ۔ شاعر چھُ پننس کلامس منٛز جایہ جایہ اَتھی راوُن تیلس اظہار کَرِتھ
وۄلٕٹ کران۔ اتہ یم تجربہ پرٕن وانس پرتھان باسان چھُ تمن منٛز۔ چھ پننہ ماحولکہ حوالہ
کُنڈی تہٕ گولاب، ڈگ تہٕ تہٕ داغ تہٕ، دیچ ڈبرابے تہٕ تہٕ نبضن ہُند پھرکُن تہٕ اضطراب
تہٕ تہٕ سکوٗن تہٕ بعضے شعرس منٛز۔ حیات تہٕ کائناتس منٛز ہم آہنگی پادٕ کرِتھ سو معنویت
وۄتلاوان زیرِن والی ہُند احساس چھُ جمالیاتی رسہٕ ستی سرشار سیدان۔ یہ راوُن
تیوٗل چھُ شاعرس بنٛز مختلف رنگو جلوہ گر۔ یتھ منٛز سیٹھے شدتہٕ سان دُنیاہٕ جوانی
ہنٛز بے ثباتی چھےٚ۔ شاعرس نش چھُ لوکچار تہٕ دُنیاہٕ خام۔ یُس نہٕ روزوٗن چھُ
تہٕ نہٕ پوشہٕ وُن۔ سہٕ یاونکس ژہس منٛز۔ پوٗر پوٗر حظ تہٕ سرمستی کھوکھلاوِتھ
نُنک پاسدار۔ اَدے چھُ نعمہ صابس نش موتچہ مظلومانہٕ کارگذاری ہُند احساس سوٗن تہٕ
گوٗن۔ حالانکہ یہ موضوع چھُ کشیر منٛز کاشُر شاعری ہُند اکھ روایتی موضوع بلکہ چھ یہ
شیخ العالمہٕ سنٛز امتیازی خصوصیتھ۔ ژتس نش چھُ موتچہ ہٕ آبتناک کارکردگی ہُند

عُنصر غائب ۔ تِس پَتہٕ تہٕ چھُ جبہ خوتوٗن بیتر رومانی شاعرن تہٕ محمود گامی ین بیتر
نِشہٕ دُنیاچہِ بے ثباتی مُند احساس ٹاکارٕ ۔ مگر نعمہ صاب تہٕ چھُ اَتھ احساسس بنیٛاد
زٕلو دِوان ۔ باسان چھُ سُہ چھُ اَتھ سِلسِلس منٛز شیخ العالمس رحؒ نِشہٕ مُتاثر ۔ مثلن
وُچھتو دوٚشونی ہُنز باوتھ منٛز کوتاہ ہشر چھُ ۔

خانن ہندِ ین یمِن روبہ خانن — جانن دِیان اَپارِ مہ گژھ
سوندر ڈیشِتھ ہُرِی وُکھناوان — ژمرو ستی ڈوان لژھ
تہٕ اَز ڈیٚشتھ کیسہِ کھتان — نصر منٛے وُچھتھ وُچھنہِ گژھ

رنگہٕ مندورِ ین روبہٕ خانن — موت کران وُچارِ یے
مرگ چھےٚ پھُٹے ورگہٕ والان — منٛزِ کڈان بازارِ یے

" ہایا نہٕ غافلہٕ " بیتر چھُ اکھ ہوسناک منظر برونہہ کُن انان ۔ رلواُیتی زبان تہٕ
موضوع ورتاوِتھ چھُ نعمہ صاب اَتھ یِنِہ فنکارانہٕ اکھ ڈاٹھ شعرس منٛز ۔ انفرادی
تخلیقی گوٗن پادٕ کران ۔ یہ چھُ صحی زِ تِہُند سوٗرے کلامہٕ چھُنہٕ پاسہ سوٗن مگر تہٕ
کرِتھ تہٕ چھُ تِہُندِس کلامس منٛز تخلیقی زِ تہٕ نظرِ گژھان ۔ بیشتر صوٗفی شاعرن
ہندی پاٹھی چھُ تِمن تہٕ منٛزی منٛزی وحدت الوجود ہوٚیِن فکری ناگرادن ہُنز فلسفیانہٕ
کتھ محض منظوٗم زبانی منٛز باوتھ ۔ یتھِن موقن پیٚٹھ چھُ باسان زِ شاعر چھُ محض یم کتھ
بوزناونہٕ موجب باوان نہٕ زِ محسوٗس کرِتھ ۔ خاصکرِتھ یلہ سُہ کانہہ شعر تجربہ بیٚیِس کُن
مخاطب روٗزِتھ باوان چھُ تِمہ ساتہٕ چھُنہٕ تِہُند تخلیقی جودتھ پورٕ پاٹھی واتھ کڈتھ
ہیکان ۔ یتھِن موقن پیٚٹھ چھُ تِہُند اسلوٗب کینژہہ ناصحانہٕ تہٕ بنیومُت ۔ مثلن

اَول گرِتھ پیشِ رہبر خودی کر دۄر اَز سَر
تصُوف بنیو زر ژلی زنگار دیکھو

گوڑ کر چشمہ پُرنم
خاب چھے بیاکھ عالم
ڈیشتھ راتک خاب
صُبحن کیا زِ نایاب
تیلہِ وَن یم کَم برم
خاب چھے بیاکھ عالم

غفلتہِ نشے گرِتھ تو بیدار
پوختے سَیدِ کھ موہ ختے ہار
رۄح تہ مۆر پانہ وانی چھی یار یار
یینہ بیلہ ژھینہِ تے مۆر کنتھ بکار

مگر یمہ ساتہ نعمہ صاب بینس کُن مُخاطب سَیدِ تہ رۄس پانس متعلق باوان چھُ تمہ ساتہ چھُ تسُند شارُت نوّن نیران۔ شاعری چھے مِلہ تلہ بینی گُدرُن حالیج باوتھ تہ سو تمو لفظو ڈسی باوُنی یتھ یِرن وول تہ تَتھ کمی انمانہ ژینہ۔ نعمہ صاب ییلہ یہ انداز رٹان چھُ تمہ ساتہ چھُ تسُند اظہار محسوس کرِ مِتہ تجربُک رنگ رٹان۔

یاباصنے چھُسہ بیس بدلہ یانس کُن تہ مخاطب سیدان ۔ تمہ ساہ تہ چھ شاعری ہندی عنصر پوچھر پڑاوان ۔ یرتھ مثالہ چھے تسند شاعری منز یسلہ ۔ کیہنہ مثالہ وُچھو

ہیا ہزاج ھتس نار ووہ لو مار متیووے
بے عار کرِ تھ یار عشقنی خار متیووے

آدن روُوم یانی بیوم سادس
تام آمو تو رے نادس

دانس بنتھ دل گوم
دل گوم اُلفتچہ شاییے
میمس مدقابل بیوم
لامس تمہ کُے سلییے

دربالہ منجیوم آلو مے چھنیوم
گنجہ مے سینہ سپارے لو لو
ہر تار عشقہ ہُیے سوز والیوم
سے سوز مؤ ھٹیا میانہ یار و لو

نعمہ صاب چھ یتھ پاٹھی سنجیدہ موضوعن ہند شاعر تہ اتھ شاعری منز چھنہ طنز۔

مزاحس کانہٕ جاے۔ مگر اَکِس کامیاب شاعرَس سٕند بجر چھُ یہِ آسان زِ تٕمۍ سٕند شعری تجربہٕ چھُنہٕ صرف پرِتھ دورکین بلکہٕ یٕتیہٕ دورکین نقاضن ہُند تہٕ حوالہٕ تھاوان۔ اَتھ منز چھُ سُہ اِنسأنی تجربہٕ آسان یُس اِنسأنی تضادن تہٕ پیچیدگین ہندی کم کم رنگ کم یا زیادٕ پأٹھۍ وُچھان چھُ۔ شیخ العالمؒ سٕند کلامہٕ چھُ اَمِچ رٕژ مثال۔ شاعر چھُ حساس سمأجی فرد تہٕ سُہ روزِ نہٕ پنٕنِس سماجس کُن تھر پھر تھ بلکہٕ یہِ کینژھاہ سُہ زِینان تہٕ ژران چھُ سُہ چھُ کُنہٕ نہٕ تہٕ کُنہٕ پأٹھۍ تَسٕندِس کلامَس منز جاے رٹان۔ نعیمہٕ صأبَن تہٕ چھُنہٕ پنٕنِس سماجس مشراوان بلکہٕ اَمِچ ریاکأری باضٕے عریان تہٕ کرِنہٕ

اَزِ کی درویش پُرفن تِمن منز کینہہ چھِ رہزن
چھِ پرانِس منز چھاوَن کران بزگار دیچھو

بہرحال نعیمہٕ صأب چھُ کأشرِ زبأنی ہُند اکھ میوٗٹھ تہٕ موٗدُر شاعر۔ تَسٕنز شأعری چھِنہٕ چھِ اشارتہٕ لحاظ اہم۔ بلکہٕ چھُ تَسٕند کلامہٕ یتینہٕ زمانُک وارِیاہ کینہہ ثقافتی رنگ ہیتھ۔ اَتھ منز چھُ رنگہٕ رنگہٕ تِمن محاورَن، ڈیٖپِتِن تہٕ گُنڈتِن ہُند وَرتاو یِم سانہٕ لُکہٕ میراثکۍ اَژھِن انگ چھِ۔ اَمہِ شأعری ہُند مطالعہٕ کرِتھ ہیکَن سانہٕ کنِو ہمہ صدی ہند ثقافتہٕ تہٕ تہذیبکۍ تِم گوشہٕ تہٕ رنگ جلوگر سپدِتھ یِم وقتہٕ کِس بہاوَس سٟتۍ وۄنۍ گٔنڈ سپدِنۍ ہیٚتۍ مٟتۍ چھِ۔ لسأنی اعتبارہٕ تہٕ چھےٚ یہِ شأعری اہم۔ اَتھ منز چھُ وارِیاہ رِوأیتی لفظَن رٕژھرِتھ۔

یوٗتام زَن وۄنۍ نعیمہٕ صأبنہٕ شاعرانہٕ روتبُک سوال چھُ اَتھ متعلق ہیٚکو یہِ وَنِتھ زِ نعیمہٕ صأبنہٕ کامیأبی ہُند ثبوت چھُ یِ زِ ہٕند کلامہٕ تھوو عام کأشرۍ پنٕنِس وَندس منز رٕژھرِتھ۔ حالانکہ نقادو تہٕ ادبی مورخو ورتاو اُمِس متعلق غفلت۔

تہٕ حد چھُ یہِ زِ عبدالاحد آزاد ہوی سنجیدٕ تہٕ عرق ریزی کرٕن وٲلی مُحققن تہٕ دٕزٕ رٕنہٕ اُمِس بنٕنِس توٲریخِس منز جاے۔ یِیلہِ زَن نعمہٕ صاب تِتھے اہم شاعر باسان چھُ یوت وہاب کھار، سو چھُ کرال یا رحمان ڈار چھُ۔ یہِ چھُ ناممکن زِ بے دردٕ داد چانہٕ سوٚر ہوسیدان" ہیوٚ ریٚسِل باتھ کیا آسہِ ہے تہٕ آزاد ٕ بن کنٕ تام ووتمُت۔ مگر نعمہٕ صاب ہرگاہ عالمو تہٕ محققو ترٕ ووعام کاشُر ماترادِ ہٕس تِکیازِ تَسُند کلامہٕ اوس تہندی باپتھ۔

نعمہٕ صابنہٕ کلامٕچ صحیح مولانکون چھِنہٕ ہنا مشکل تِکیازِ وُنہٕ چھُنہٕ تَسُند کلامُک کلہم سرمایہ یَکجا تِیٚشِد مُت۔ ممکن چھُ زِ تِمی آسہن امہِ کھوتہٕ نادر تخلیقی فن پارٕ تخلیق کرِ ہِتیٚ یِم وُنیکتام تہٕ گال کھاتَس گمِتیٚ چھِ۔ یا تَسُندیہِ کینٕژھاہ کلامہٕ اَسہِ نِشہِ موجوٗد چھُ تِمہِ کِس موادس تہٕ متنَس متعلق تہٕ چھِ کیٚہتہٕ ہیٚر۔ تہٕ گرِ تھ تہٕ یہِ کینٕژھاہ کلام وُنِکین موجوٗدٕ چھُ تتھ بُنیادس پیٹھ ہیکو وُنِتھ زِ نعمہٕ صاب چھُ اکھ ناقابلِ فراموش صوٗفی شاعر۔

# بے درد داد چانہ

بے درد داد چانہ سوڑ ہوسیدان
سوے ئے مٹھیا میانہ یارو لوئہ

کتہ نے کوڈہے حضرت یوسفؑ
مصر کہ امہ بازارو لو لو

ژے خدائے سوژنے رُت خریدارو
ٹلی ہمت یوسفؑ یارو لو

مجنون کھڑیو نجد کے بائے
اوشہ چے جھیں وسان دارے لولو

بہ ہا لال آیہ سے سورمہ تہ سازو
تھوڈ ووتھو متہ مہ رازولو

فرہاد دڑایو پننہ نے خیالے
تمی ژھانڈی کوہ تے بائے لولو

شیچھ یام بوزن پیوس اشہ کالو
وسی پییس حلبہ تے حاکولو

---

لہ یہ باتھ چھو اچھوپ۔

کرَ بالہِ رنجیوم عالم ژھنجوم
گنجہِ مےَ سینہٕ بسپارے لولو

ہرتارِ عشقنہٕ مُہےَ سوز جھُم وزان
شُےسوز مۆ ٹھیا میانہٕ یارِ لو لو

پشان پۆشمُ مُرُن مۆشم
دزُن چھُ اُمہِ گَنڈ کارے لولو

بد مارُی شہمارُی سنہٕ مارُی بُجھینَ
نعمہٕ روو نمہِ بازارے لولو

# ہاو دیدار دِلبرو

وٗنی مےٚ دِتّی مے کوچہِ بازار     ہاو دیدار دِلبرو[1]
نوٚن چھُ اذکار پٔرِد انوار     ہاو دیدار دِلبرو
پیٚیر سپنٕز کٔتھ ژٕٹ مےٚ دردِل     گرٕتھیم آکینٕز ہاہ حاصلو
مٔنٛز مےٚ دُیتِنم گوس بیدار     ہاو دیدار دِلبرو
اُنجم پھُلیاہ لولہٕ باعنش     تھُتی بہٕ زا گے ہانٕزلو
لاگہٕ مُبُل چھاوِ گلزار     ہاو دیدار دِلبرو
تیر لُویِنم زور وارٕن     آم جگرس خنجرو
چھوکہٕ لد بہٕ گوس لاچار     ہاو دیدار دِلبرو
وٕتہٕ گارٕان بیتہٕ لارٕن     حوٗرِ بیٚیمٕز چھَم زولو
موٗرِ پھُوٗنم لکہٕ دُن نار     ہاو دیدار دِلبرو
مَعنہِ سوحَنٕ منز چھُ آسان     در صَدف ووٗچھ جوہرو
زان نَعموٚ بٔرم چھُ سمسار
ہاو دیدار دِلبرو

---

۱ یہ باتھ چھُنہٕ ییٚمہِ برونہہ چھاپ سپُدمُت۔

# نوُرو نوُرو صُبحکہ نوُرو

نوُرو نوُرو صُبحکہ نوُرو
چیںۂ برونٹھ دیوانہٕ گوو منصوٗر
شوٗر گوو دارس لوٗدُکھ منصوٗر
اُمی شیخ صنعن نوٗر وُچھ پوٗرو
رُدہٕ نِلہٕ آبس کوٗرُن گوٗر گوٗرو
کاوَن شینچھ وُنی اُمس راتہٕ موغلس
صلاح دِم پوٗر تے چھُم گرٛٹھن دوٗرو
اُمی راتہٕ موغلن دم روٗٹ پوٗرو
لَنجہٕ پَتہٕ لَنجہٕ پھیوٗر گوو مجبوٗرو
کاوَن شینچھ وُنی تس راتہٕ ہاَزرس
شینچھ پیلہٕ بوٗزن غش گوس پوٗرو
اُمی راتہٕ ہاَزن شینچھ بوٗز پوٗرو
زالبازہٕ تمہٕ جایہٕ گوو مجبوٗرو

کرَے گوٗر گوٗرو پھوٗلہم زوٗ پوٗر[۱]
پرَنے لوٗگ سُے اللہ ہو
کرَے گوٗر گوٗرو پھوٗلہم زوٗ پوٗر
رُدہٕ نِلہٕ اَدہٕ ہو کوٗرُن تکرار
کرَے گوٗر گوٗرو پھوٗلہم زوٗ پوٗر
بادشاہ چھُے کرِان ہوٗتے ہا
کرَے گوٗر گوٗرو پھوٗلہم زوٗ پوٗر
بیکھ تَل کاَر تمُی ترٛاو یکبار
کرَے گوٗر گوٗرو پھوٗلہم زوٗ پوٗر
دوٗ پیَس راتہٕ موغُل گوو مرحوٗم
کرَے گوٗر گوٗرو پھوٗلہم زوٗ پوٗر
اَدہٕ تَس آوُے جشنن گاشس
کرَے گوٗر گوٗرو پھوٗلہم زوٗ پوٗر

---

[۱] یہٕ باتھ چھُ اَچھوب

آدن ژٕرےٚ تہٕ مےٚ مُیل اوس پوٚرو    اَمی رازٕ ہو ترٛن کوٚرنے بیان
تمُس راتہٕ موٗغلس تشیٚچھ وُنی پوٚرو    کرَے گوٗرٕ گورو پھوٚلہم ژٕوہٕ پوٚرٕ
پیٖرَن کتھ وُنی طاَلبن پتینس    دوٚیتیس کُتھِ ہنٛزٕ کرَ اَتھٕ واس
کَتھ گیہٕ سوے یوسہٕ آسی پوٚرو    کرَے گوٗرٕ گوٗرو پھوٚلہم ژٕوہٕ پوٚر

ہانعمہ صاٗبو چھُک ژٕ مغرورو
شرمندٕ روٗزٕ تھ چھُکھ ژٕ بیار
شرم چھے آمژٕ کرٕنی گرتھِ پوٚرو
کرَے گوٗرٕ گوٗرو پھوٚلہم ژٕوہٕ پوٚرٕ

# ہوہو بہٕ کریو یوٗری ووہلو

مایہِ چانہِ رووُم راتھ تہٕ دوہ
ہوہو بہٕ کریو یوٗری ووہلو
سیٖر گرٛزھِ باوُن زانہٕ سے
نٔتہٕ کیا وَنُن بے گانہٕ سے
سیٖر باجِ لگے بہیرِ رہبَرو
ہوہو بہٕ کریو یوٗری ووہلو

ڈٔریاوِ ترَان تارِ گوس
مَنز سَر خدُایو سیٖر گوس
بوٗڈھ لاگتم ہیرِ رٔہبَرو
ہوہو بہٕ کریو یوٗری ووہلو

مستوٗرا سٕس یَتھ وَنَن
کستوٗرِ گوٗے نازہٕ کَتَن
ژھاران بہٕ لوٗسس کوہ تہٕ کوہ
ہوہو بہٕ کریو یوٗری ووہلو

---

؎ یہِ بیاتھ چھُ نامطبوعہ۔

ہاریے وَنِکھ نا طوطہٕ سے
کیہنہٕ دَوا کَرِہا موتہٕ سے
پَنجہٕ دِتھ گوم دِلہٕ جِگرو

ہو ہو بہٕ کَرٕ یوٚ یوٚری ووہلو

تاراج ہا کوٚرنَم دِلَس
یُتھ گُل کرانے بُلبُلَس
ہول گوم جگرس سوٚمبلو

ہو ہو بہٕ کَرٕ یوٚ یوٚری ووہلو

یِس اَندر توٚندرس نار تَتے
مَتہٕ کورہٕ اَتھ یارہٕ سنز وَتے
مَلہٕ خاک روٚیس موٚ بہٕ مو

ہو ہو بہٕ کریو یوٚری ووہلو

ڈیکس ہران چھُے زٕ یے سون
گیسو اَویزان ہیٚر بون
شہمار زَن دگی مَتی درو

ہو ہو بہٕ کریو یوٚری ووہلو

یا گرٕ تہ پھرٕ تراؤمس سون یُتُھ
نہٕ تہٕ کیا چھُ نعمر نوٚن وَنُن
لوۓ ہَم عشقُن خنجرو

ہو ہو بہٕ کریو یوٚری ووہلو

# خابہِ منز دِلبرن ہوونم پان

خابہِ منز دِلبرن ہوونم پان
وَے وٚنِیسی ژھارون معشوقہِ جان

ماز ہوم، منز گوم، ماسنٔیل
تتھ جایہِ ژٕ عاشقو لار جَل جَل
واصِل سپدکھ بنی یکسان
وَے وٚنِیسی ژھارون معشوقہِ جان

گولاب باغ گگرِ بَل گاندرِ بل
گوٗری پورِ یارن لوگ ڈانٔل
گامہِ گام پھیوٗرُس دِل پریشان
وَے وٚنِیسی ژھارون معشوقہِ جان

پٹن یانپر تا پریون گام
گوپھ بلہِ پیٹھے تا پہلگام
وٚسہِ ڈُن وٚچھے شاہِ خوٗبان
وَے وٚنِیسی ژھارون معشوقہِ جان

لام تے لبتہ پوٗر لاٗسی پوٗر
ٹکہ بون کوہ نڈ منز کران دور دوٗر
لال پور وُچھمے لاٗل مرجان
وٗلے ویٚسی ژھارون معشوقہ جان

آڈمل آڈی گوم آری ہل
آروٗ بیچھ تا اہر بل
اُمیرا کڈل وُجھم دوٗران
وٗلے ویٚسی ژھاروٗن معشوقہ جان

بی ہوم ببہ گوم بوتہ باتہ گوٗنڈ
باڈی پور بیچھ گرتھ باہمال کوٗنڈ
بوٗنی یار بالہ بیچھ گوم یکسان
وٗلے ویٚسی ژھاروٗن معشوقہ جان

گوٗستوٗر بولان ووٗستوٗری وٗن
پھیوٗرس جنگلن بیٚیہ کوہن
سر مٔے کرٕی مے کوہ بیابان
وٗلے ویٚسی ژھارون معشوقہ جان

ہوکرُ ہند وور تا سوتہ وار
ہُر پور ہرمو کھ کوٗرم دیدار
ہاری ہاروٗتہ سربند جان
وٗلے ویٚسی ژھارون معشوقہ جان

حضرت سون چھُے حضرتِ بل
چشمہ نرگس تھاوس پایَن تَل
سردارِ عالمؒ شاہِ خوبان
وَئے ویٚسی ژھارون معشوقہٕ جانٕ

شیخ العالمؒ بوٚڈ علمدار
جاے تمی ژٹنہٕ منز باگ ژار
یدوٚنی نعمنَ گوس بریان
وَئے ویٚسی ژھارون معشوقہٕ جان



---

لہ یہ بانٛھ چھُ غار مطبوٗعہ۔

# دِل چھُے معصوُم شُر للہُ ناوُن

دِل چھُے معصوُم شُر للہُ ناوُن
چھُے نو بوزان ہوتے ہوئے
روہ نِہ مُنز بس متز کھونہ للہُ ناوُن
چھُے نو بوزان ہوتے ہو

دِل چھُے مولا وارِ پَرزناوُن
کُل چھُے پادا ژرُے دِلُس منز
لاقانی ہُند اِقرار دیاوُن
چھُے نو بوزان ہوتے ہو

زلِو دیوُ تاسَس ستِ بِلہ ناوُن
اُتھ دمَن ہالے.دم دیاوُن
خلوکھ شلیے مہ سا مُتزاوُن
چھُے نو بوزان ہوتے ہو

دِل چھُے وحدت سنہ کھوتہ سوَنیے
ڈونگ دِتھ وہ ستو لاگ شہباز
لعلے لیعقوت پوُشید تھاوُن
چھُے نو بوزان ہوتے ہو

پننےٚ پان گرٛتھ سوز بوزناوُن
آدٕ ہو بوزی ہوتے ہو
ترٛیشہِ کنہِ پننےٚ خوٗنہٕ دِل چاوُن
چھُے نو بوزان ہوتے ہو

پیٛرن ہیٚوٚ تنمٕ دِل سُنبلاوُن
سیٛرس کرٕ مس لوٚلہٕ مٔتہ لاے
تحقیق کوٚرمس ہیٚوٚ تٔنس اَسہٕ ناوُن
چھُے نو بوزان ہوتے ہو

نعمو پننےٚ دِل وُزہٕ ناوُن
دمس ہتی روز شب روز
تنٛین طرفن ہُند سوز بوزناوُن
چھُے نو بوزان ہوتے ہو



---

لہ یہ بانتھ پیٚدٕ از گوڈنچہٕ پھر چھاپ۔

# اَسہٕ وٕنی مارَے مُتی

رَسہٕ رَسے دِل مےٚ نیوٗتم اَسہٕ وٕنی مارَے مُتی [1]
جسہٕ ہوشے بال مُشتی تَس گا جتسے سُتی سُتی

ییرٕ ہا کیاہ مےٚ ژےٚ سِوا میٚترٕ منٕ کمہ گُل کھتی
چھُے قسم تَس ذاتہٕ سُندٕ ییمہٕ ژےٚ یِم صِفت دِتی
رَسہٕ رَسے دِل مےٚ نیوٗتم اَسہٕ وٕنی مارَے مُتی

تارِ دِل گوم عاقلن ییتھ وارٕ گُل کارَے یتی
نارٕ عشقہٕ نِن مےٚ زٕ اَجِم چھم تیوٗ نگل وارٕ تہٕ تی
رَسہٕ رَسے دِل مےٚ نیوٗتم اَسہٕ وٕنی مارَے مُتی

ییمہٕ چھ کٔرٕی ہتی گُلشن چمن سُے چھُ بُلبُل درجہان
نَب چھُے مرجان عشقہٕ بیچانٕ ییرٕ جہٕ رَزے تم کھتی
رَسہٕ رَسے دِل مےٚ نیوٗتم اَسہٕ وٕنی مارَے مُتی

---

١ یہ باتھ چھُ اچھوپ

شاہسوارا تیغ ماران آسی واراہ لوسی ہتی
کربلا اندر چھ بیمتی گے شہید تر لیشے ہتی
رسہ رسے دِل مئے نیوتم اسہ وُنی مارے متی

شہزادن دادی لدن سٹی تم کمُ کرہیتی
نیلہ چھ واتان شایہ سٹے بیلہ چھ آسان تم رتی
رسہ رسے دل مئے نیوتم اسہ وُنی مارے متی

کُل چھُ کنے لنگ چھ واراہ میو شکر کیا رتی
زانہ شکرہ ک مانہ کانتر ھاہ یس اصلک پے تتی
رسہ رسے دِل مئے نیوتم اسہ وُنی مارے متی

گر پننے کوٹھ معراج ہیر تم ہیور ہیور کھُتی
ووَن دِ نعمو لامکانس تیرتھاراں یار اُتی



# ہا فقیرٕ و روز کھنا ییتہٕ تیٚے لو

مے چھو ونُس ئے خانہٕ منٛتیے لو
ہا فقیرٕ و روز کھنا ییتہٕ تیٚے لو

اَمہٕ لأگے بیالہٕ بٔرِ ہتیے لو ۔۔۔ گےٚ معرفت بیالن بآ گراوان
وُزناوان نیندرے ہٕتیے لو ۔۔۔ ہا فقیرٕ و روزٕ کھنا ییتہٕ تیے لو

مَرٕ ہٕ برو نٹھےٚ کیہنہ مؤدی ہتیے لو ۔۔۔ ییمٕ ییتہٕ سوٚرٕ سُئے تتہٕ مری نو زاہنہ
تٔمس تا کید سورُئے بییتہٕ تیے لو ۔۔۔ ہا فقیرٕ و روز کھنا ییتہٕ تیے لو

کیہنہ عاشق وَتہٕ ٹھکی ہتیے لو ۔۔۔ کیہنہ اَتھکی تےٚ نگرٕ تی لؤنکھ ہٕ زاہنہ
تٔم چھہٕ خبر جان تُلی ہٕیتی ہتیے لو ۔۔۔ ہا فقیرٕ و روز کھنا ییتہٕ تیے لو

چھےٚ نعمس دردِ دل تمنا چھون
پوٚرہٕ وُچھہا روے شمع چھون
وقتہٕ آخرس ترأوی زمہٕ ییتہٕ تیے لو
ہا فقیرٕ و روز کھنا ییتہٕ تیے لو

---

ٗ یہ بأتھ چھُ غار مطبوعہ۔

# بہٕ لٔلہٕ وَن یارِ منٛز چشمَن

اَمارن چأنی مےٚ زأجم تَن — بہٕ لٔلہٕ وَن یار منٛز چشمن[1]
کوٚرُس فلوا بہٕ اَمارَن — بہٕ لٔلہٕ وَن یار منٛز چشمن
کَم جامہٕ زٔری یہ چھُ لٔأگتھ نالی — ماہِ مشأل چھُ آمُت سأ لی
گاہ چھُم درمن گاہ دیدَن — بہٕ لٔلہٕ وَن یار منٛز چشمَن
ملکن فلکن بیوٚن بیوٚن اَساز — بوزان گرٕتھ ملکوٗتگ وَعظ
تیٚلہٕ چھُک واقف زون ضربن — بہٕ لٔلہٕ وَن یار منٛز چشمن
ژون منٛزن چھی بیوٚن بیوٚن شاہ — سَرٕ کَرٕ گم گیہٕ ژور بادشاہ
اکھ چھُ سردار سردارن — بہٕ لٔلہٕ وَن یار منٛز چشمن
زٔرٕ زٔرٕ زٔأتھ تراوُن زُنار — پَرٕ پَرٕ ستی ما چھُ ملہٕ ژار
اکہٕ زٔرٕ سوٗرٕ گوو کوہہٕ طوٗرن — بہٕ لٔلہٕ وَن یار منٛز چشمن
یایَن بہٕ موسیٰ وُچھکھ کوہہٕ طوٗر — گاہ بیوم لاگُن تَنہٕ ستیٚن ژوٗر
جلوٕ تمہٕ شاہہٕ چھُیہٕ خام عاشقن — بہٕ لٔلہٕ وَن یار منٛز چشمن

پَردٕ گوڈُ مُترأو وُچھکھ انوار
دَم رٕٹھ پانے چھُکھے دَمدار
نعمہٕ ستی چھُے دَمدارن
بہٕ لٔلہٕ وَن یار منٛز چشمَن

---

[1] یہ بأتھ چھُ اچھوپ۔

# آبہٕ کس باغس پھولمے بہار

آبہٕ کس باغس پھولمے بہارٕ
ہا ووہ لو دیدار ہاوأنی
آبہٕ کس درختس آیہ پوش
نوٗرٕ کیو پوشو نیوٗہم ہوش
بازان بُلبُلس بَر گُل قرار

ہا ووہ لو دیدار ہاوأنی

آبہٕ کس باغس چھے اندر ناگ
ماہر لاگتھ ٹیٹ ہیوٗ زاگ
ہا صدف تن بن دُر دانہٕ زہار

ہا ووہ لو دیدار ہاوأنی

گو ڈٕ بن بادیدہٕ دوٗر لاگ دٕمدار
دَم رٹھ سیدکھ پوٗر عیار
دانہٕ بن اَتھ درس نشہٕ چھے قرار

ہا ووہ لو دیدار ہاوأنی

دمس دیدہٕ دِتھ دیدن روز
از دیدہٕ دُچھتھے چشمو بوز
چشمے بادُر کر گُفتار

ہا ووہ لو دیدار ہاوأنی

ہو ہو پَران اَفسانہ بَن
مَس بَن دُرتے دُربن تَن
در سُراخ اَتھ دُرس لوّت چھےِ تار

ہا ووہلو دیدار ہا واٗنی

ووّن مےٗ دیُت مےٗ گام وشہار
از عرض وسما در بازار
اَتھ ہیتھ گرتھ تے وطن تھار

ہا ووہلو دیدار ہا واٗنی

شاہَس نبشہٖ شہس لوّ بنےٗ قرار
شاہ گو و سرتےٗ سپنےٗ یار
نعمو تٔے روز دامَن دار

ہا ووہلو دیدار ہاواٗنی



---

لہ یہ باتھ کھوت گوڈنچہ لئہ چھاپ

# ژٕ گرٛ ھتے جبستہٕ ہے ونٛسی

ژٕ گرٛ ھتے جبستہٕ ہے ونٛسی اسۃٕ وَن یارسأے
سُہ بوزیا یاہٕ بوزیا توتہٕ وَن یار سأے

اَول ییٚلہِ لوٚدُن آدم رنگا رنگ پھوٚلس بادم
بیہمس ناتَل یادَن نمَس کور کعبہٕ سأے

مےٚ ستیٚ کیا کوٚرمن وادے بہٕ ترٛووتُس اُفتادے
رَواچھا دکہِ لاییُن نَنھِ وأتھ خامہٕ سأے

بہٕ ژالیوس ستیٚ ژوٚرے شمع ژالتھ زوٚرے
چھُ کیا تتہٕ شور ووٚتھمُت زورِ عشقہٕ نارسأے

درٛوٚم کَن ییتیٚ مہِ بیناٚرے ترٛوٚپرِی مَس لیہ تہٕ دالے
چھُ سُلطان سوزِ وایان گوشو بنٛتو لوٚز مسأے

ہوٚمکیٚ نارَن دِتم جوش رُحَس کوٚرنم فرامِوش
وُچھمُ تتہٕ لانہایت تھاہ میٚے لأیم سوٚدرَسے

وُچھکنا پرَدِ تلیٚ مےٚ نأیم دأدی بلیٚ
سبھاہ شرمندہٕ گوٚمُت نعمہٕ بنٛنس کارسأے



# خاب پچھے بیاکھ عالم

گوڈ کرُ چشمہ پُرنم [۱]
خاب پچھے بیاکھ عالم [۱]

ڈیشکتھ راتنک خاب
صُبحن کیاز نایاب
تیلہٕ وَن یم کمَ برہم
خاب پچھے بیاکھ عالم

آرامس دیوٗ طلاق
ینو محرم گرٹھی بیاکھ
کری بدنام برہم
خاب پچھے بیاکھ عالم

اگر ووٕنی راز بوزکھ
اُچھوٗ سیتی مانہٕ بوزکھ
زانکھ توٗ ندر کی دَم
خاب پچھے بیاکھ عالم

---

[۱] یہ باتھ چھُ گوڈنچہ لرہٕ چھپان۔

خابَس وَنی تعبیر
سِتی ہِن پینٹے پیر
تراوَکھ فِکر تے غم
خاب چھُے بیاکھ عالم

حاصِل سَپِدی زان
پانہ مُنزی پرزناو پان
واصِل کارِ محرم
خابَ چھُے بیاکھ عالم

ژھانجوم ہیرٕ تے بوٚن
برَزخ منزِ چشمَن
نعمَن تُتی سَر خَم
خاب چھُے بیاکھ عالَم



# پوٚختے سَپدَکھ موٚختے ہار

غفلتہٕ نِشے گژھتو بیدار
پوٚختے سَپدَکھ موٚختے ہار

رۄح تہٕ موٚر یانہٕ وأنی چھی یار یار
ییٚنہِ ییلہِ ژھینہٕ تےٚ موٚر کتھ بکار
رۄح گژھِ نیرتھ موٚر مزار
پوٚختے سَپدَکھ موٚختے ہار

کیہنہٕ پہٕ کسِ رَبابس تارے چار
کیہنہٕ نُک سوز کرَ باترے تیار
سوز یوٚد بوزکھ چھُکھ عیار
پوٚختے سَپدَکھ موٚختے ہار

---

[1] یہ بآتھ چھُ نہٕ مطبوعہ ۔

ڈَل چھُ وۄتھمُت میر شکار
ڈٔلس مَنٛز کٔس تے کٔگوٚ اُژے مار
نٔمر راو توٚندوٗرنَے کرِتھ تیار
پوٚختَے سَیدٕ کھ موٚختَے ہار

شالہ مارٕ جان کیا بُچ آتھوار
رَنٛز مَنٛز نعمژ چھےٚ تیار
ڈٕلکےٚ ہوا چھُ خوشگوار
پوٚختَے سَیدٕ کھ موٚختَے ہار

توٚ تام مجنوٗن چھےٚ بیمار
یوٚتا مٔتھ نٕ وچھ لیلُ النّہار
دَمہ دَمہ ہا نٔغموٗ تی گار
پوٚختَے سَیدٕ کھ موٚختَے ہار



# آدن رووُم یانی پیوس سادس

آدن رووُم یانی پیوس سادس [۱]
تام آمو تورے نادس

ہو چھُ درامُت میٚنۍ جامہٕ وُلتھ
میٚنۍ منزٕ گُل آیہٕ پھُلتھ
گرٛزتھ خاکس ہیتہٕ خاک رٕلتھ
تام آمو تورٕ نادس

تَس چھہٕ جماتھ پٔننی گرٕ ے
ڈٕرزِ دفتر بیٚنہٕ مَس خرٕے
حارِتھ اوٚنم کیا ہیٚکہٕ زٕرِتھ
تام آمو تورے نادس

ڈٕرزِ یامتھ مٕژراو روٗنے
سُئے ساماہ گونڈ آرٕ میٚنے
لالُک قیمت سُیدیا کُنے
تام آمو تورٕ نادس

---

[۱] یہ باتھ چھُ اچھوپ

رنگہ رنگے جامہ باندس ناکی
راندس ہوکٹس ناو کور نم گیاکی
اطلاس زر باب بیٹیہ ودھونی ساڈی
تام آمو تورے نادس

مسجد کن قدم گرشھ دنے
پُر اُمید چھم آرو چھ نونے
دیدارس کیا منگ اونے
تام آمو تورے نادس

سیرس گنج برسینہ وزن
سر گرتھی کیا گوو وزن
اورنے دِیہ کیا کرُ نزن
تام آمو تورے نادس

شین طرفن چھے اہ گے پے
سازو وصول دائرہ سو رنے
رند عاشق ہر دم جوان مے
تام آمو تورے نادس

نعمو اَتھ کرِیا تحقیق
زندیس مود تس کیا چھ باقے
تتھ چھ گواہ مولوی پتہ ساقی
تام آمو تورے نادس

# کتابیات


۱۔ کاشُر شاعری، ترتیب کار پروفیسر محی الدین حاجنی، ساہتیہ اکادمی دہلی، ۱۹۶۰ء

۲۔ صوفی شاعری، جلد۔۲، ترتیب کار، امین کامل، کلچرل اکادمی سرینگر، ۱۹۶۵ء

۳۔ کاشُر صوفی شاعری، ترتیب کار۔ موتی لال ساقی، جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز۔ سرینگر، ۱۹۸۵ء

۴۔ عبدالاحد آزاد، کشمیری زبان اور شاعری، جلد ۱، ۲، ۳، جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز۔ سرینگر، ۱۹۸۲ء، ۱۹۸۳، ۱۹۸۴ء

۵۔ ناجی مُنوّر، شفیع شوق، کاشُر ادبُک تواریخ، کشمیری ڈپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی، سرینگر، ۱۹۷۸ء

۶۔ ناجی منور، شفیع شوق، نوٚو کاشُر ادبُک تواریخ، کشمیری ڈپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی سرینگر، ۱۹۹۲ء

۷ ۔ ناجی مُنور، پرُسان، سرینگر، ۱۹۹۸ء

۸ ۔ محفوظ جان ، شاہ قلندر، ساہتیہ اکادمی دلی، ۲۰۰۰ء

۹ ۔ کلُیات شیخ العالمؒ، جموں و کشمیر کلچرل اکیڈمی لال منڈی سرینگر، ۱۹۹۶ء

۱۰ ۔ اوتار کرشن رہبر، کأشر ادبُچ توآریخ ، جلد اکھ ، ۱۹۶۵ء




نعمہ صاب چھُ کاشرِ زبانی ہُند اکھ میوٚٹھ تہٕ موٚدُر شاعر۔ تَمسنٛز شاعری چھےٚ بیٚیہِ چھُرا
شارتہٕ لحاظ اہم۔ بلکہ چھےٚ تَسنٛد کلامہ بیٚیہِ زمانٕکۍ دایاہ کیہہ ثقافتی رنگ پیٚتھ۔ اَتھ
منٛز چھِ رنگہٕ رنگہٕ تمن محاورن، ذٲتن تہٕ گنٛڈٕ تٔن ہُند ورتاو یم سانہِ لکہ میراثکۍ اژن
انگ چھ۔ امہ شاعری ہُند مُطالعہ کرتھ ہیٚکَن سانہِ کتوٚمہ صدی ہُند ثقافتہٕ تہٕ تہذیبکۍ
تم گوشہٕ تہٕ رنگ جلوگر سپدِتھ۔ یم وقتہٕ کِس بہاوس پیٚٹھ دوٚنی گیٚمتۍ سیدِ نیٚتی منٛز
چھِ۔ لسانی اعتبارہٕ تہٕ چھےٚ یہ شاعری اہم۔ اَتھ منٛز چھِ وارِیاہ رلوایتی لفظٕ
زٕرِم تھ۔

ڈاکٹر محفوظ جان چھےٚ ڈوڈ درجن منٛزٕ تحقیقی تہٕ تنقیدی کتابن ہنٛز
مُصنف۔ سو چھےٚ کاشرِ زبانی ہنٛز افسانہٕ نگار تہٕ نقاد۔ افسانہٕ لیکھنس منٛز
چھےٚ ہیکھ منٛزٕ منفرد انداز تہٕ اسلوب۔ کشمیر یونیورسٹی ہندِس کاشرِس شعبس
منٛز چھےٚ بحیثیتہٕ ووستاد۔ یتھ مونوگرافس منٛز چھِ تمہٕ نعمہ صابنہٕ شخصیتہ
تہٕ شاعری ہندۍ کیٚنہہ اہم پہلوٗ بدکٕڈۍ متۍ۔

ISBN 81-260-1940-9 Rs. 25

NAIMA SAAB (KASHMIRI)